داستان پأتھر

# ہیمال نأگی راے

(لُکہِ رنگ تہٕ پأتھر کَرن والین ہنٛدِ خأطرٕ)

رنگ
کورس
داستان گو

ناٹک کار:

موتی لال کیمو

**DASTAAN PATHER HEEMAL NAGRAI**

Author : Moti Lal Kemmu

Copyright : Moti Lal Kemmu

No. of copies Printed : 500

Press : JK Offset Printers, 315 Matia Mahal
Jamia Masjid, Delhi. Year of Publication : 2007

کتابہ ہُند ناو: داستان پاتھر ہیمال ناگرائے

ناٹک کار: موتی لال کیمو

چھپن وری: 2007

حقوق محفوظ: موتی لال کیمو، 5۔ اپنا وِہار، جموں۔

کمپیوٹر کمپوزِنگ: IILS D.T.P Centre

رنکو کول 9419136369#

تعداد: 500

مول: 75/روپیہ۔ -/Rs.75

پریس: جے کے آفسیٹ پریس، دہلی۔



**کتاب میلنگ پتہ:**

۱۔ کتاب گھر، کلچرل اکیڈمی مولانا آزاد روڈ، سرینگر۔190001

۲۔ نیشنل بانڈ تھیٹر واہتھورہ چاڈورہ بڈگام کشمیر۔191113

۳۔ وولر تھیٹر۔ بُجے سوپور۔ کشمیر۔

۴۔ کتاب گھر کلچرل اکیڈمی کنال روڈ جموں۔180001

# گوڈُت

ہیمال نأ گرا ے چھےٚ کٲشِرِ ہنٛز سارِوے کھوتہٕ مقبوٗل عام تہٕ مشہوٗر لُکہٕ کتھ۔ یہِ لولہٕ کتھ چھےٚ ریاستچن دۆیمن زبانن منٛز تہٕ تمےٚ انمانہٕ بوزنہٕ تہٕ بوزناونہٕ یِوان ییمہِ انمانہٕ یہِ کأشر زبأنی منٛز عام چھےٚ۔ دبد یا نأنی شُرٮ۪ن ڈٲلِس تل رٔٹِتھ بوزناوان تہٕ شُری وٕچھِ ٹوجہٕ کٔرِتھ بوزان۔ یِم شُری پنٛداہ شُراہ وٲنسہِ آسان آٮ۪تی تِم باضے سوال تہٕ کران کیاہ ناگ بنِیا انسان تہٕ نأنی وَنان۔ ''سہٕ اوس نانأگرا ے۔ ناگن تہٕ تل پاتالُک رازٕ! رازٕ کیاہ چھُنہٕ ہبکان کٔرِتھ۔'' پتہٕ پتہٕ وَنان زِ کٲشِرِ چھِ ناگو تہٕ پوکھرٕو ستی بٔرِتھ تہٕ مالامال تہٕ سورٕے پھ تہٕ ناگ چھِ ییٚمنے ناگن منٛز بسأے کران۔ امہِ ستی شُرٮ۪ن منٛز نأگرایس مُتلِق تہٕ ناگہٕ رازس مُتلِق مختلف تصویر ذِہنس منٛز ووتلان۔ یوٗتے اوٗت نہٕ ییٚلہِ بُڈ دبد یا نأنی یہِ وَنان چھےٚ زِ

ہیمال اُس راژٕ بلاویرٕنی سوندر شہزاز۔ راژٕ کُمارٕی یوسہٕ بلہٕ پورٕچ اُس پیٚتہٕ رٕمیٚ آرٕ بٔتھس اپارٕ یپٔرٕ ہیمال ہُند ناگ تہٕ ناگِراے سُند ناگ موجوٗد چھُ۔ شُربن چھےٚ یہِ کتھ زنتہٕ ہتھ فصیدی پٔز باسان! شک تہِ چھنہٕ روزان۔ شُرٕ وانسی یم زٕ ناگ۔ چیٚشمہٕ وُچھنک اِشتیاق چھُ شُربن منٛز بڈان۔

یہِ لُکہٕ کتھ چھےٚ لولہٕ کتھ یا عشقہٕ داستان آسنہٕ علاوٕ زاژ میٚل تہٕ مِلٕوارٕچ کتھ۔ ہیمال اُس آریہٕ زاژ ہنٛز تہٕ ناگِراے یایَس ناگ ارژن (ناگارجن) تہِ ونان اُسی اوس ناگ زاژ ہُند۔ اکہِ سمیہِ اُسی سانٛس مُلکس منٛز آدم زاژ ہندی مختلف قبیلہٕ بیٚترِ سوبھاوٕ یا پیشہٕ یا علاقہٕ وارٕ بٔنٛز پٔشٕ زاژن تہٕ ناون منٛز تقیسم۔ یتھ بٔنٛز کپل (پٔنڈٕ تہٕ واندر)، ہُسی، ناگ یم اُبی علاقن منٛز اُسی روزان۔ یاسہٕ بیٚترِ۔ وننہٕ چھُ یوان زِ کٔشیرِ ہُند آدِو اُسی قبیلہٕ اوس ناگن، پشاچن ہُند تہٕ پتہٕ آیہِ آریہٕ زاژل لُکھ۔

آریہٕ زاژل اُسی ندن تہٕ نالن بٔٹھن پٹھ بسأے کران تہٕ ناگ تہٕ پشاچ ناگن تہٕ سرن نکھ۔ یِیتہٕ گاڑٕ شِکار کرنس آسأیش اُس۔ یِیلہٕ یُپ اوس یِوان ندن نالن اوس گُرٹ آب یِوان یُس نہٕ چوٚن لایق اوس آسان۔ ناگن ہندی مأکھ اُسی ناگ لحاظ ناگہٕ ووٚنی چوٚن کٔیت

اوس کُنہِ چیز یا مول جنسہِ رنگی ادا کرِتھ حاصل پیوان کرُن۔

ناگن ہنز پوزا چھےٚ سیٹھاہ پرٲنہِ سمیہ پیٹھ سأنس مُلکس منز راںجح۔ یِیلہِ دِوتاہن تہٕ راکھسن امرِتھ حاصل کرنہٕ موکھ سمندر پھو منڈن تہٕ رزِ بدل آوشیش ناگ اِستیمال کرنہٕ تہٕ یُس زہر اَمہِ عملہِ کِنی ناگہٕ سُند دٔراوسہ رۄٹ شنکر دِوتاہَن چیتھ ہٹس منز۔ راکھس کھوٚژی چھنس تہٕ ژٔلی پتہٕ یِیلہِ امرِتھ کھوٚت سمندر منزٕ سہ آو دِوتاہَن باگہِ۔ اَوے چھنا وَنان کانٛہہ تہٕ کأم کرنُس چھییٚ گوڈٕ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ تھوس یِوان۔ یِتھے کِنی ہیمال نأگرائے لولہٕ کتھِ منز تہِ جُدایی، دوٚرٕبرٕ، زأژ ہُند ہٕرر تہٕ تھزر علاوٕ لول، ہتھ، دوکھ، درد تہٕ بیٚپہِ کأتیاہ طماہ تہٕ بڑھایہِ تام داوس لگان۔ Super-natural جزٕ تہِ پٔژن رول ادا کران۔ اَوے چھےٚ یہِ لولہٕ کتھ عام، مقبوٗل عام۔ ساسہٕ وادٕ وٕریو پیٹھ کٲشیرِ منز مقبوٗل ترین لولہٕ کتھ، لُکہٕ کتھ۔

یہِ لولہٕ کتھ چھنہٕ کٲشیرِ منزے اوت عام بلکہِ مختلف روٗپن منز مُلکہِ کیٚن دویمین زبانن منز تہِ۔ کرناٹکس منز چھُ کنڈ زبأنی منز اتھی کتھِ ہنز بُنیاز پیٹھ شری گریش کرناڈن ناگہٕ منڈلم ناوی سیٹھاہ رُت ناٹک لیوکھمُت۔ مگر مردس تہٕ زنانہٕ چھنہٕ ہیمال تہٕ نأگرائے ناو۔ ناگ چھُ

سورپھ کھوڑ منز نیرتھ یوان تہٕ سوندرِ کنہ پاں ڈوی کنہ مکانس اندر اڑان تہٕ أندر رکنہٕ آدم شکلہِ منز ظاہر سپدان۔ راتھ گنذاران زنہِ ستی تہٕ صُبحٲے واپس ژلان۔ ناٹک چھُ زنہِ مردٕ ہندِس رِشتس پٮ۪ٹھ۔ اتھ ناٹکس پٮ۪ٹھ چھےٚ فِلم تہِ کنڑ زبٲنؠ منز بنےٚ مٕژ۔

ناگ چھُ زہرٕچ علامتھ۔ زہرس ونان نیل۔ یُس زہر پھٲلان جِسمس منز تس تہِ چھُ نیجر پھیران۔ ناگہٕ زہر گژھِ یکدم یُن کڈنہٕ نتہٕ رتس ستی ژلتھ زہر پھٲلتھ موت! ناگ چھُ ٹوپھ دِوان۔ دندن منز چھُس زہر آسان۔ یِمن دندن ہُند آکار چھُ جِسمس تتھ جایہِ ووتلان یتیٚتھ ٹوپھ چھُ دِوان۔ اوٚے ما چھُ آدم سورپھ یژھان یا تہٕ پٲنس تٲبعہ کرُن نتہٕ آدمٕ شکلہِ منز یتھ زہر بدل امرتھ چِھتھ صدا بہار زِندگی کانچھان تہٕ زاژ میل کتھہِ تخلیق کران!! سورپھ رچھن۔ سورپھن پھا دِیُن۔ سورپھ دود چاؤن۔ سُری پہنہِ کھوڑس لاینہٕ یُن۔ لورِ پٮ۪ٹھی سورپھ تارُن۔ کٔژ کتھہِ چھےٚ دوہدِش زِندگی منز کتھہِ کتھہِ منز اِستعمال سپدان! مگر۔ سورپھ ماتھرِ لیس آسہِ سہ چھُ سورپھن وش کران تہٕ سورپھن رچھن والی چھِنہٕ خالِص سورپھن گندان بلکہِ تِمن زہر کڈان تہٕ کمزور کران۔ کیٚنژن لُکہِ کتھن منز چھُ وُڑٕونی ناگ تہِ کینہہ ناگ چھُ ڈُکلہِ دار نتہٕ

ستھ فن کرِتھ ستھ کلہٕ دار۔ یتھی ناگہٕ آکار چھِ کیٛنژن دِوتاہٕن تہٕ اوتارن کلس پیٹھ فن وٲہرِتھ۔ سنگ تراشی ہِندی بہترین نموٗنہٕ۔ سورپھ چھُ آرٕ کونڈُل کرِتھ بیہان تہٕ کلہٕ فن وٲہرِتھ زِبو کڈان تہٕ کڈان روزان۔ اتھ آرس چھ کونڈلنی تہٕ وَنان۔ یہٕ چھُ سنگِ تراشن ہُند اکھ اہم بُنیٲدی خیال تہٕ علامتھ۔ ٲسی ہکو کٔشیرِ ہِندٕ بن مندرن تہٕ گاٹھن منز کنہٕ پیٹھ یتھی کونڈلنی آکار وُچھِتھ۔ سورپھ گوسٲنی چھِ پٹارن منز بند سورپھ ہیتھ آنگنہٕ آنگنہٕ پھیران تہٕ کونڈلنی منز بِہتھ سورپھس بین وایان۔ وندس چھِنہٕ یم زیادٕ نٔنی آسان تہٕ مانہٕ چھُ یِوان یم کیٛنہہ ربتھ زمینہِ اند رسورپھ آلہٕن منز بِہتھ پاتال گرژھان واس کرنہٕ تہٕ پرٛتھ وٕرِیہٕ ناگہٕ پانژم دوہ ناگن پوٗزا کران تہٕ یم چھِ نموٗدار گرژھان۔ اَوے چھےٚ کٲشر زبٲنی منز ناگہٕ نیٛندٕر تہٕ عام۔ یوسہٕ نندٕر ناگہٕ بُتھس پیٹھ پییہٕ تتھ تہٕ ونان ناگہٕ نندٕر۔ سدارامس تہٕ چھےٚ ناگہٕ بُتھس پیٹھ نندٕر پیوان تہٕ ناگ چھِ ناگہٕ منز کھٔسِتھ تسنز جولہِ منز اژان۔ کاشرس شُری بٲتس منز تہٕ چھُ وننہٕ یِوان

''کچلی بابہٕ کچلیو۔ ناگہٕ نندٕر پییہٕ یو۔ سورپھ کلن کھٔیو نکھو!!''

کٔشیرِ منز پیارٕ پیارٕ ہر موکھ نبر تہٕ نظر چھِ دِیان تیارٕ تیارٕ یم ناگ تہٕ سورپھ چھِ آسان تم چھِنہٕ زہریلہٕ۔ دراصل چھِ یتھی

سوٗرپھ آسہٕ سوٗرپھ۔ زِ سٕہن، ڈٕمبن تہٕ نالن ہیٚترِن منٛز روزان۔ کٲشیرِ منٛز
چھےٚ ژھوٹ تہٕ موٚٹ سوٗرپھِ ذات خطرناک تہٕ زہریلہٕ خاٲلِص گٕنٛس
یِوان مانٛنہٕ یوسہٕ ووٚڈھ تہٕ چھُ تلان۔ عموٗمن بالن گُن کنٮ۪ن پتھ گُن
روزان۔ أمِ ہنٛزٕ شکلہِ چھُ نرٕن منٛز کوٗریِوان ترٛاونہٕ تہٕ تتھ تہٕ ونان
گُنٛس! کیٚنٛہہ بٔجہ زنانہٕ چھےٚ کھورِ نیوٚٹھس منٛز روپہٕ ہنٛدی نیوٚٹھ ترٛاوان یِم
سوٗرپھِ کونڈلی چالہِ چھِ آسان۔ کٲشیرِ ہنٛدی مشہوٗر ناگ چھِ مہا پدم ناگ
(وُلرٕ)، کونسر ناگ، نیٖل ناگ (ویرناگ)، انت ناگ، اچھِ بل، گوتم
ناگ، واسک ناگ، شِشرم ناگ، کالیِ ناگ (کاجہِ ناگ)، مٹن ناگ،
کارکوٗٹ، تکھشکھ ناگ۔ بیٚیہٕ تہٕ ہتہٕ بدی ناگ۔ لوٗکٕٹ کھو بٔڈی۔ یِمن
ناگن ہتی چھےٚ خبر کیٛژ کتھہ تہٕ متھِ وابستہٕ۔ کیٚنژن ناگن ہتی چھُ لٕگہٕ مالہٕ۔
لُگہٕ جشنہٕ تہٕ یاترایہِ تہٕ مقرر دوہن پیٹھ سپدان یتھہ کٔنز تُل مُل ناگس
دزٕ وگُمل ناگس تہٕ زِیارتس ہتی۔ اچھِ بل، انت ناگ، مٹن بیٚترِ جاین تہٕ
چھِ مالہٕ لگان۔

یُس ناگ وبٕتھان تہٕ دزٕ ینٛٹھان چھُ سُہ چھِ اجگرناوی زانٛنہٕ
یِوان۔ سُہ چھُ گاڑٕ کھوان۔ نتہٕ کیٚنٛہہ لوٗکٕٹ جانور۔ ووٚپر مُلکن منٛز چھِ
آدم خور اجگر تہٕ وُچھنہٕ یِوان یِم شِکار کٔرِتھ گُلس چھِ أنٛدی أنٛدی نال

ولان تہٕ یڈٕ منٛز شِکار چھِ أڈی جن ٹوکہٕ ناوتھ شرٛ پراوان۔

ناگ چھِ وارِیاہن زاژن ہندی آسان۔ میٛژ رٔنگہٕ، نیٖجرِ سان، ٹیٖچہٕ ہور، کالہٕ کرٛوٗٹھ۔ سانہٕ مُلکہٕ کِس زہریلہٕ سورپھس ونان کوبرا۔ کٹہٕ کال ہیوٗ چھُ چمکان۔ ساری سورپھ چھِ یڈٕ ستی پکان۔ ڈیٖچھن کھوہُور پان پھِروان۔ تیز رفتار تہٕ چھکھ۔ گاسہٕ سورپھ، آبہٕ سورپھ، ناگہٕ سورپھ، جنٛگلی سورپھ تہٕ ریگستانٕی سورپھ۔ سارِی چھِ پننٛز پننٛز خاصیت تھوان۔

سورپھ چھُ پٔنُن کرٛوٗژھ یانے توژھ ترٛاوان ییٚلہٕ نٔو توژھ چھس جسمس پیٹھ آمٕژ آسان۔ یہٕ سورپھ کرٛوٗژھ چھُ دواہَن موکھٕ استعمال سَپدان۔ أڑی سورپھ گوسانٕی چھِ سورپھن ہنٛزٕ لیچہٕ شُرٕبن مُرٕبن أچھن پھِران یُتھ نہٕ تِمن کانٛسہٕ أچھی دود لارِ۔ تہٕ أڈی سورپھ گوسانٕی چھِ واراہ قسمچہٕ جڈی بوٗٹی کنان یمہٕ سورپھ زنڈس (بامبی) تل چھِ کھسان۔ یِمن تہٕ دوا بیٚترِ بنان۔

کأشرٕبن چھُ داستانہٕ ونہٕ ٹک تہٕ بوزنُک سیٚٹھاہ شوق۔ ییٚلہٕ نہٕ أزی چھِ ہشہٕ سڑکہٕ آسہٕ، لاری تہٕ بسہٕ آسہٕ، نہٕ بجلی آس۔ وندس اوس شین پیوان تہٕ نبر نیرُن اوس مُشکل آسان تیٚلہٕ آسی کاژِن اکھ نوٚٹ رٔٹتھ کانٛہہ داستان شوٗروٗع کران تہٕ تس أندی أندی باقی بأتن ستی لے

مِلناوان گَوان۔ یتھ کنہٕ آسہِ داستانہٕ تہٕ یاد ووٚترس منٛز روزان تہٕ وقتہٕ آسہِ گُذاران۔ اوے چھُ کٲشِرِ منٛز لکہٕ کتھن۔ شُری کتھن، جِنہٕ کتھن، پٔریہٕ کتھن تہٕ داستانن ہُنٛد موٗلُل خزانہٕ موجود۔ کیٚنٛہہ داستانہٕ چھےٚ خاص اندازس تہٕ سٹائیلس یاونہٕ بیاکس طرزس پیٹھ گَوَنہٕ یِوان۔ منٛزی منٛزی چھِ کتھ نثرس منٛز وننہٕ یِوان تہٕ داستان وٲلِس کتھِ ہُنٛد جوڑ زٕتھ پٔرٛھان۔ یتہٕ لفظ بدل ونان ''اچھا''۔ یوتےٚ اوٗت نہٕ اتی داستان بوزناون وول ونان تہٕ ''صاحب ووستاد ونان'' تہٕ گَوَن ہُر نوان وٕنتھ یتھ آخرس پیٹھ بوزن وٲلۍ ہتھ آواز رلاوان تہٕ ونان ''تےٚ۔تےٚ۔ہاےٚ۔''

یِژھہٕ داستانہٕ چھےٚ لٲل مجنوٗن، ہیمال ناگُراے، یوٗسف زُلیخا، لال مال پری، گُلہِ بقاولی، وُزرا مال وغارٕ۔ یِیلہِ بہٕ کلچرل اکیڈیمی منٛز کلچرل آفیسر اوٗسس یِژھہٕ ہِشہِ وارِیاہ داستانہٕ آیہِ رِکاڈ کرناونہٕ مختلف داستان گَوَن والین نِشہِ یِمن بہٕ تہٕ غلام رسول گنڈھا باند باند آسہِ کران زِ تمہ دِن ریڈیو کشمیرس منٛز آڈِیشن یتھ یہِ مخصوٗص گَوَن فن تہٕ داستانہٕ لوٗکن تام واتن۔ پُلوامہ، تکیہِ امام صاٲبنہٕ، حاجنہٕ، سوپوٗر، رتنی پوٗرٕ ویجہِ بزارِ تہٕ دوٚیمین مقامن تہِ کٔر رِکاڈِنگ تہٕ ٹیپ آسہِ اکادمی آرکایوزس منٛز۔ وارِیاہ

داستانہٕ تہٕ گوٚون وٲلی ٲسی وٲنسٕتھ صِرف اوس مُجہِ گوٚنڈُک اِسمال میر جوان یُس نژان تہٕ اوس۔ یہِ تاربو جوٚم گُلاب بھونس منٛز داستان گوٚنہِ۔

ہیمال ناگی راے داستان گوٚون پٲتھر چھُ داستان طرزس پٔٹھ لیکھنہٕ آمُت۔ یِتھِس پٲتھرن منٛز چھُ گوٚون زیادٕ اہم۔ کتھ یا داستان اہم تہٕ اداکٲری بیترِ چھےٚ یمن پتہٕ جاے۔ یُتھ داستان پٲتھر ہیکن چھکری تہٕ بچہٕ کٔڑ خاندرن پٔٹھ پیش کٔرتھ ییلہِ تِم مأنزراٚژ گوٚنہِ چھِ گژھان۔ بٔڈی سٹیج بیترِ چھنہٕ درکار۔ امہِ کِنۍ واتہٕ رنگ لگن بڑونہہ گنہِ کُن شرط چھُ داستان وَنن وول اداکار تہٕ بچہٕ کٔڑ گژھن بہترین گوٚون گٔری آسنۍ۔ یوٚ دوٚے بہترین گندن گٔری تہٕ آسن تیلہِ کھسہِ رنگ رتھِ۔ آنگنس، منڈوَن یا بڈٕ بن کُٹھن منٛز تام ییٚہِ یُتھ پٲتھر گندنہٕ۔ گوٚون وٲلی تہٕ گندن گٔری رٹن ہٕنز جاے تہٕ زنانہٕ بچہٕ تہٕ مرد بہن تِمن أندی أندی۔ ہیمال ناگی راے ہیکن کم سے کم زٕ بچہٕ کٔڑ تہٕ گندتھ یم سٲری رول تہٕ کِردار ہیکن گندتھ۔ پلو، پوشاکھ تام بدلاونچ چھنہٕ ضروٗرتھ۔

یہٕ گوٚون پٲتھر لیٖوکھ مے 1986 تکیہ امام صاٲبنہٕ کوشر تھیٹر کمن فنکارن منٛز ہیتھ۔ گوڈٕ اوُسس داستان بوزان پتہٕ لیکھان تہٕ پتہٕ ریہرسل کران۔ یم ریہرسل اوُسس گرا منڈوس منٛز شام ڈٲلتھ۔ گرا آنگنس منٛز

مندیُن ڈٲلتھ تہٕ گرا روتلہِ کران۔ دٔہن پنٛدہٲن دوہن منٛز ڈرٛاما لیکھُن
گٔوُن، نژُن، اداکٲری تہٕ پلو پوشاکھ تہٕ تیار کرناوٕنۍ۔ بچہٕ کٔڑ اُسم طرزٕ تہٕ
طرح دِوان۔ ییلہِ بہٕ اوٗسُس ریہرسل کرناوان اکھ اڈوٕر خاتون اُس
دوہدِش حاظرِ آسان۔ ییمہِ دوہ ہیمالِ ہُند دردٕ بٲتھ گوٗناوُن ہیوٗت
”ہیمالِ رود گرٕ وولیے“۔ سو اُس اَچھو کٕنۍ اوٗش ہاران۔ خبرتس کیاہ اوس
یوٗت سٔنتھ گژھان۔ اکہِ دوہ ییلہِ تمہِ اوٗش ژٕ اوان ووش واے تہِ کور۔
مےٚ وون تس۔ ”ہتہٕ بی بینی! ژےٚ کیاہ ڈرامہس ستی؟ یتہِ خبر کرٕ پژٲنۍ
کتھ سو تہٕ بٹن ہنٛز......“ سو ۆژھ تورٕ ”نا بابا! یہِ چھےٚ میانٔۍ کتھ۔ ییس
گدریوٗمت آسہِ تسٕے گژھہِ تٕرتھ۔“ ییمہِ دوہ ہیمال ناگراۍ گوڈنیک شو
آو بڈِس آنگنس منٛز ہاونہٕ ژورِ بجہِ پتہٕ۔ شُری، لڑکہٕ، کورِ، زنانہِ، مرد اٲسۍ
ژٔرتھ آمٕتۍ۔ یتھے بچہٕ کٔڑیُس ہیمال اوس بنان یہوے بٲتھ دردٕ برٕتھ
آوازِ منٛز گیوٚو اکھ نوجوان کوٗر گیہِ بے ہوش ووڈِنۍ اُس ڈرٛاما وُچھان تہٕ
آیہ پتھر لاینہٕ۔ داہن منٹن کوٗر ڈرٛاما بند یُتام تس ہوش آو۔ سو منٛدٕ چھییہِ
تہٕ پنٛنۍ ماٚلۍ ماجہِ نی گرٕ۔ بہٕ اوٗسُس لمہِ دوہ سارےٚ گامس منٛز ہتہٕ بٔدبن
لوٗکن منٛز گنٛنےٚ بٹہٕ۔ بہٕ کھوژُس۔ شاید ماچھُ مےٚ خطا یتھ دون ترٛن
شارن ہُند بٲتھ لیکھٕنس۔ دوٚیمہِ ۆرِیہِ گینٛڈ مےٚ یہوے ڈرٛاما وۆلر

تھیٹر کئن فنکارن ستی بمُبیہِ۔ شو دِیُت سٹے جس پٔتھ باٹکٹ۔ لَکہٕ ساس جوراہ آیہِ وُچھنہٕ۔ تتہٕ گیہِ وونی قریباً وہ وٕری تہٕ تھیٹرن آسہِ دویہِ ساسہِ کھوتہٕ تہِ زیادٕ لٹہِ یہِ سوپٕر ورمُل تہٕ کو پوارِ علاقن تہٕ گامن گُٹھن منٛز گیٛنٛدمُت۔ تمو گیٛنٛد یہِ 1989ہٕ کِس ورِمُل ڈسٹرکٹ کِس ڈراما فیسٹولس منٛز تہٕ گرکھ ینامہٕ پوٚنشہِ حاصِل۔

2004ہٕ گیٛنٛد مےٚ یہِ ڈراما نیشنل بانڈ تھیٹر واتھورکئن فنکارن ستی ٹیگوٚر ہال سرینگرس منٛز۔ گوڈٕ ہیٚچھناوِم ورکشاپس منٛز پتہٕ دِیُت 2/ اپریل 2004ہٕ شو۔ اَمِ تھیٹرن تہِ کِنٛدی کیٚنٛہہ شو!

میےٚ چھُ بانڈ فنکارن ستی ورکشاپن منٛز زِنی موزوٗر، وُزرامال، لیلا مجنوٗن تہِ داستان سٹالیس منٛز کِنٛدٕمتی۔ یِمن مُصودن ہُنٛد دس تہِ ٹلو آینٛدٕ کِتابی صوٗرژ منٛز چھپاوِتھ۔

بٔہ چھُس حٲران زِ کاشرِ کیاز چھِہ یہِ داستان پٲٹھر لٹہِ لٹہِ وُچھن یژھان۔ اَمِچ مقبوٗلیت ہُنٛد راز کیاہ چھُ؟

بٔہ چھُس جناب رتن لال جوہر سُنٛد سبٕھاہ مشکوٗر یمو یتھ کِتابہِ پروٗف پوٚرتہٕ نظر دِژ۔

موتی لال کیمو

☆☆☆

یارونس

رٔمی آرِ بٹھین پیٹھ

ہِمالہِ تہٕ ناگراے ہِندبن ناگن

بلہٕ پورس

ماگُن گُلاب رٲتھر

تہٕ

کوٗشر تھیٹر تکیہ اِمام صاب

کین

بانٛڈن

نذر

# کِردار

۱۔ داستان گو
۲۔ کورس
۳۔ سدا رام
۴۔ چھِورا بٹنٛز
۵۔ دیا رام
۶۔ دیو
۷۔ ڈائن
۸۔ ناگ راے
۹۔ ہیمال
۱۰۔ دوٚدٕ موج
۱۱۔ راز بلاوپر

۱۵۔ ئُری فِنہٕ
۱۴۔ نٕنٛدٕ رام مسخرٕ
۱۳۔ اہلکار
۱۲۔ وزیر
۱۶۔ پُشنٛز
۱۷۔ کزاج
۱۸۔ شِکأری ۔ راز کُمار
۱۹۔ زٕ اہلکار : رازٕ کُمارٕ ہٕندی سأتھی
۲۰۔ سورنےٚ ، ڈول تہٕ نگارٕ واین وألی
۲۱۔ سہہ
۲۲۔ ہرنہٕ

پرِ چھُ ووتھان۔ داستان گو اوٗک پاسے سٹیجس پٹھ ہیتھ ٹُمبکنار وول چھس پتہٕ کنہٕ آسان۔ دوشوے زنتہٕ دُعا کران۔ کورس ہینہٕ طرفہٕ وِنگہٕ منٛز تیار۔ داستان گو چھُ اوٗڈ بند گیوان تہٕ کورس واٗلی چھہِ اڑان۔ داستان گو چھُ اوٗڈ بند نژان مُکمل کران۔

داستان گو: پڑز ناوتن سُے تیمی کوٗر پاٗدا۔

کورس: ستھ زمینہٕ نوٗ آسمانےٚ تاٗے ہا۔

داستان گو: شوقےَ تمی ہِندِ تیمی کوٗر پاٗدا۔

کورس: آدم ہوا بادم تےَ، تاٗے ہا۔

داستان گو: ہے لوکوٗ۔

کورس: آسمانکِ ستارے تاٗے تاٗے ہا۔

داستان گو: ہا یارو۔

کورس: ٹاٹھِ یارو۔

داستان گو: میانہِ یارو۔

کورس: سانہِ یارو، اسمانکی ستارے تاٗے تاٗے ہا۔

داستان گو: نیشنل تھیٹر یور آو گِندنے*۔

*یُس تھیٹر گِندُن چھُ ہینہٕ پتہٕ تھیٹر ک ناو۔

کورس: ہیمالہِ ہُنٛد داستانۍ تٲے ہا۔

داستان گو: ہا یارو، ٹاٹھہِ یارو۔

کورس: نٲگرائے سُنٛد داستانۍ تٲے۔ہا۔

**(اکہِ لٹہٕ سدا رام تھوٚکمُت تہٕ ژھوٚیمُت اژان۔ موٚلِس تہٕ پشیمان بینہٕ طرفہٕ چھوٚرِ ہٕنٛز لوٚھل تہٕ کژوٗ ژھ ہتھ رنٛگس اژان۔)**

داستان گو: غور بتھ پینہٕ یوٚتس سدا رامس۔

کورس: سُہ ہا لوگ گرِ ژلنہٕ ژلنۍ تٲے ہا۔

داستان گو: رٕنی تس آسہِ۔ چھورا بٹنیاہ۔

کورس: سو ہاوٕ ژھ تس کھنہِ کھنۍ تٲے ہا۔

**(چھوٚرا چھےٚ یوان سدارام چھُ تس کُن وُچھِتھ ژمان تہٕ کھوژان۔)**

چھوٚر: آکھ؟ کیاہ ہتھ آکھ؟

سدارام: پٔنٕن پان ہتھ آس۔

چھوٚر: ژھرِ وِ ے اتھو آکھ واپس۔ ییتہِ کیاہ شیرے تھاس۔ چانٛی وآنٛج ہا؟

سدارام: ہٹِنٛ چھُم نے لیکھِتھ کرمس۔ جُکھی جُکھی تھوٗکس۔ ووٚنی چھُس نہٕ لگان اَنہِ نَس تہٕ زینہٕ نَس۔

چھوٚر: گرٕ کمہِ ستی پکہِ؟

سدارام: اُہم جوانی، سو سورٕ یم۔ ووٚنی چھُس اَڈٕ وِرٕ، کامہِ کوٚچہِ چھُس نہٕ لگان۔

چھوٚر: تیٚلہِ گژھ اُٹلہِ؟

سدارام: زُو زہتہٕ چھُم ژھیوٗ نمُت، ہیکتھ نہٕ کوٗٹھن، ہوش نہٕ انگن۔

چھوٚر: ژیٚنے وُژھ یہٕ دگ زنگن۔ ووتھ اَن کُنہِ شایہِ وَے موٗٹھ، نوٗن تیل تہٕ زالُن۔

سدارام: صُبحن وزایوس، منگی منگی تھوٗکُس کانٛسہِ نے دِژُم نہٕ کینٛہہ، اتھ چھوٗنے آس۔

چھوٚر: (شرارتہٕ سان) وَتہِ پٹھ کونا گوٗوٕ ے ڈاس۔

سدارام: وا ے اُہم جوانی سو دِژم گرس چھیٚپہٕ۔ ووٚنی نہٕ چھُم صیحت تہٕ نہٕ ہیکتھ۔

چھوٚر: (کرٕ وُژھ ہاوان) یم سانگ مہٕ لاگ۔ یڈٕ کیاہ دِکھ

ییٚتہِ؟ ووتھ ییٚلہِ نہٕ لللکھ زہنہٕ نس تیٚلہِ لگ بیٚچھنس۔

سدارام: کُس کُس منگہٕ۔ کُس چھُم درٕ دِل۔

چھۄر: عامس تہٕ خامس۔ گژھ منگ دَیہِ ناوٕی۔ (جھولی چھبس دِوان۔) رٹھ میٲنی جولہِ ہَن نیر اَن نوٚن تہِل، وَے سیُٚن تہٕ زالن۔ پوٚنسہٕ ٹوٚنکھ ہارٕ دیار نئے دِنے جٕنسے منگ تکھ۔

سدارام: ہتے دکن تہٕ ڈُلن ہے لگہٕ۔ کس منگہٕ وتہِ وتہِ۔

چھۄر: وُنہٕ چھےٚ وٗژھ ہِش (لڑھلی دَب سدارامس شانن لایان) گجہِ ژیٚنے بٔرتھ کِنہٕ زِنہِ بدلہٕ زالتھ۔ ووتھ نیر بیٚچھنہِ گژھ اَن دَیہِ ناوٕی جوٗلی برناوِتھ۔ نتہٕ ییٚتہٕ تھے نرِ زنگہٕ پھٹرے۔ باچھِ کرے ڈِس ٹلئے۔ نیر گژھ جل جل اَن کیٚنہہ سومبرٕتھ۔ موچھِ موچھِ منگی منگی۔

سدارام: واے۔ واے۔ دژاس ہے ہٹنے دژاس۔

**(چھۄر نیرِ وِتھ گمہٕ ناوان۔ لوٚتھ نیرِ گلہِ ناوان تہٕ اندر اژان)**

داستان گو: لٹھے ستھ دِتی نئے تس سدارامس۔

کورس: سُہ ہالوگ گرِ ژلنہِ ژلنے تاُے تاُے ہا۔

(سدارام نیران۔)

داستان گو: ہوُلیاہ ہتھ اوس وَتہِ وَتہِ پنچھان۔

کانہہ نہ کینہہ اوُسس دِوانے تاُے ہاُے۔

(کورسہِ منز ژور زئی رنگس اُژتھ سدارامس پھوتہِ ٹلان)

سدارام: ہے دِیو نا دیہِ ہندی ناوی کینہہ مے سدارامس۔

کورس ۱: اَسہِ مہِ کرگانگل۔

کورس ۲: سون شوُگل چھُ وکھرِ۔

کورس ۳: اَسہِ چھُ گرشھن۔

ساُری: کلوالس نِش مس کھاسی چینہِ۔

کورس ۱: گرٕھ پانس۔

کورس ۲: پنہِ کھور ڈلی، کھوُند لگی۔

کورس ۱: (گبوان) مسا کرگانگل۔

باقی: ہانگلہِ لولو ہانگلہِ لولو

کورس ۲: اُسی چھوُ مس کھاسی۔

کورس ۳: ژ روزَ کھ وسوأسی ژ روزَ کھ وسوأسی۔

کورس ۱: سدارامہٖ۔ چانگلہٖ۔

باقی: ہانگلہٖ لولو۔ ہانگلہٖ لولو۔

کورس ۲: أسی گرٹھو زارٕ وان ژ روزَ کھ بنچھان۔

باقی: ژ روزَ کھ بنچھان۔ ژ روزَ کھ بنچھان۔

کورس ۳: سدارامہٖ ڈامبلہٖ۔

باقی: ہانگلہٖ لولو۔ ہانگلہٖ لولو۔ ہانگلہٖ لولو۔ ہانگلہٖ لولو۔

(یم چھِ پتہٖ داستان گوٗس پتہٖ کنہٖ روزان۔ سدارام بنچھان بنچھان نیران۔ سدارام چھُ رنگس أندی أندی چکر دِوان کورسہٖ منٛز چھِ زِ ژٔنی نسبر نیرِتھ دانٛدِ ماسکہٖ لاگان دیاراٮ۪ن دانٛد دُنتھ۔ دیا رام دانٛد وایان نیران گوڈٕ چھِ دٕہی کونڈل اکہِ انٛدٕ تھاوان۔ سدارام گُلی گنٛڈِتھ بڑونہہ گُن یوان۔)

داستان گو: واتان واتان ووت بأیس نِش۔

کورس: یس ہاناوچھے دیاراے۔ تأے ہا۔

دیارام: ژھیوٚہ ژھیوٚہ۔

داستان گو: وانِد اوس لاگان سٕہ دیا رامے۔

کورس: نمسکار چھُنا بوزانےٚ تأے ہا۔

سدارام: نمسکار ماہرا نمسکار۔

دیارام: اوہو سدارام چھا وارٕ ہے؟ کانٛہہ چھا وارٕ ہے؟

سدارام: وارے مگر۔ وارٕ نہٕ۔ گرِ گوٚو ژھربر، دیگ دیگچہِ خالی۔ گجہِ نہٕ پھوٗن نہٕ چھُ وَے نہٕ رَنُن۔

دیارام: ترٛاہہِ۔ ترٛاہہِ۔

سدارام: اَوے آس پٔنٛن مان، یِزتھ ترٛاوِتھ توہہِ شَرن۔

دیارام: ترٛاہہِ! ترٛاہہِ!! بہوِ یورکُن۔ تھأیو قدم۔ کرو آرام، یہِ کیاہ چھوٕ؟ جوٗلی! دِیو یِکُن۔ بہٕ انوٕ گرِ کھنہٕ میٹ (نیران پتہٕ پوٚت پھیرِتھ واپس یِوان)، مگر اکھ کتھ چھوٕ، یہٕ نینٛدٕر ترٛاوِو۔ یِتھےٚتھ چھوٕ وانِد جوٗری بینہِ دٕہ کتُر۔ یِنہٕ یہِ ژھبہٕ گژھِ۔ یِنہِ چھُ اکھ دیومیتومُت سٕہ چھُ نِوان وانِد کھتھ۔ حبس گری زیو۔ بہٕ انو توہہِ رٕکھ کھنہٕ میٹاہ۔

سدارام: ہا یو چھِ دادِ کو سہٕ سأنٛبٕر رپینٛہِ مےٚ۔

دیارام: یہ کیاہ بہ دژاس تہٕ آس۔

(نیران۔ سدارام۔ کونڈلس پھوکھ دِوان)

سدارام: ووٚنی روزِ ژہ پرتانی دَزٕوُن۔ (تہٕ یِوان منٛز سٹیجس)

وائے انگہٕ انگہٕ چھَم دگ

کتھ عذابس لوٚگُس پتھ ووپس تہٕ فاقہٕ (گیوان)

ماہٕ کوٚرنس چھِہٕ را بٹھنے

انگ انگ آم دَگہٕ ستی پھٹنے

نرِ زنگہٕ چھَم نہٕ یِوان وٹنے

ماہٕ کوٚرنس چھِہٕ را بٹھنے۔

ہائے دانٛد جوٚری چھا وارَ ے

ناہٕ کونڈل چھا دزان، دزان!

اِدِ کیاہ تام تراوو لَر (شوٗنگان)

داستان گو: ننٛدرا گھرٕ یوتس سدارامس۔

کورس: سُہ ہاپہٕ ڈیچھنے لرے تاَے ہا

(دیو چھُ مایک لاَرِ گتھ لنٛدر اژان)

دیو: ہاہا۔ ہاہا۔ ہاہا۔ دانٛد! واہ کیاہ سرٕ نٛڈ دانٛد چھُ!!

داستان گو: دیوا اکھ آواز آسمانے۔

کورس: دانڈس وُچھتھ چھِے برمانے تٲے ہا۔

دیو: نیٚنڈر پیٚیہ بد بختس ڈٲن انن مدتس۔ وَلے ہٲے ڈٲنے
گژھتے خوش بوچھ یڈ بنیو ناٹہِ آہار۔ ولے ہٲے
ڈٲنے۔ (ڈٲن چھےٚ دمبالہِ تالہِ پیٚٹھ انڈ راژان۔ نوٗن
کران۔ ڈٲن تہٕ دیو دانڈس موٗرتھ نِوان کوٗنڈل
ژھیتہٕ گوٗمت آسان۔)

داستان گو: جوٗرِ منٛز اکھ دانڈ نیٚوٗن مُتر اوتھ۔

کورس: دانڈس کوٗرنے نہارے تٲے ہا۔

داستان گو: سدارام پٔنٕنے گرِ اوس ژوٗلمُت۔ بوچھِ ہوٚت اوس
وَدانے تٲے ہا۔ ننٛدر موٚت چھٕنا منٛدٕ چھانے تٲے ہا۔
(دیارام چھُ انڈ راژان تتہِ چھُنہٕ اکھ دانڈ وُچھان)

داستان گو: گرِ ییلہِ دیارام واپس آوے۔

کورس: دانڈس چھُنہٕ ڈیشانے تٲے ہا۔

دیارام: (جوٗلی برِتھ انڈ راژان) افسوس دانڈ کتہِ چھُ، میٲنہِ
بھگوانا! تیمس شکسلدس چھےٚ نیٚنڈر پیٚمٕژ۔ دیو چھُ آمت

داند ہیتھ ژۄلمُت۔ تژ اہِہ بھگوانہٕ۔ شکسلدن تژ وو پوٚد۔

میٲنِس گرس تہٕ مائنہِ شِکس۔ ہو سندارامو۔ ناتہٕ نیٖئدٕر

کیٛاز پییِ۔ داند کتہٕ چھُ؟

سدارام: کیٛاز گھاسہٕ چھُنا کھوان؟

دیارام: ژُہتم دیارامس دیا۔ داند نیاونھتم۔ شکسلدا! بد بختا۔
ژیٚے کمۍ وۄنے ییتہٕ شوٚنگن؟

سدارام: داند ............ اکھ داند کتہٕ۔

دیارام: افسوس ............ یہٕ دٕہ کتر کمۍ کوٚر ژھیتہٕ۔

سدارام: یہٕ اوسُس اتھ پھوکھ پھوکھ دِوان۔ اتھ اوس دٕہہ
ووتھان۔

دیارام: رٹُو یہٕ ہا دیُتنےٚ بآے کاکنہٕ کھنہٕ میٹھاہ۔ رٹو جولی۔ نیرٕ
ییتہٕ۔ ینا ووٚنی دُبارٕ یور یِکھ۔ ژےٚ چھےٚ ازلے شِکس۔
میٲنِس آس نس بسنس تہٕ مائنکھ زوال۔ نیرٕ ییتہٕ۔

(دیارام چھُ دٕہ کتر، داند تہٕ اکہٕ ہیتھ نیران۔)

تژ اہیہٕ بھگوان تژ اہیہٕ بھگوان۔

داستان گو: سدارام خوش پاٹھۍ واپس دژاوے۔

کورس: ڈالی ہیتھ چھُ پکان گرائے تائے ہا۔ قدمہٕ قدمہٕ پڑی تژاوانئے تائے ہا۔

داستان گو: ہایارو۔

کورس: ٹاٹھِ یارو۔

(کورس ناگراد بنان۔ تم رنگس منز باگ زنتہٕ ناگراد۔)

داستان گو: وتہٕ ہاؤ چھنے اکھ ناگرادا۔ جولہِ ہامُژ رنے گنڈے تائے ہا۔ تتھ منز ؤچھنے اکھ یاجہِ جوٗرِیا۔ ڈٔنڈی نا چھبس نہٕ یِوانے تائے ہا۔

سدارام: لولہٕ ڈالی سوٗز ہژ بے کا کنے

میانے بوچھِ یڈ کیاہ بُنتھ آو

غور بتھ یَس پیٚیہٕ تس کیاہ بنے

کھون گوس بچھتھ نتہٕ فاقاہ

وَنہٕ ہے سدارام سُہ کیاہ وَنے

میانے بوچھِ یڈ کیاہ بُنتھ آو

وہرِ دیہِ جان چھُ یہِ باریٚتی لوٗ ژراوُن۔ دِکھ یٚتبتھ ناگس دأرِتھ۔ اتھ منزٕ تہٕ گلن نہٕ یم۔

(جوٗلی کران ناگس منز خاٗلی۔ پتہٕ چھوان ترٛیشہِ داما۔ پتہٕ لرتزٕ اوان تہٕ گوان۔)

سداارام: بوچھِ ہتہِ پانو کوچھِ للہٕ ناوتھ کوچھِ للہٕ ناوتھ
چھمبہ نساموہرٕ دیار کیٛاہ کھیٛاوناوتھ کیٛاہ ساٗ کھیٛاوناوتھ
بۄچھنے دزِایوکھ اتھ چھوٚن آکھو اتھ چھوٚن آکھو
دَکہٕ زد پانو گرِ کیٛاہ ہاوکھ گرِ کیٛاہ ہاوکھ
ناگہٕ رادس پیٚٹھ پان ڈُلہٕ ناوکھ
پان ڈُلہٕ ناوکھ، پان ڈُلہٕ ناوکھ

LMP

داستان گو: نیٚندرٕ ریٚپہِ یوتس سداارامس
سوٗرٕیہ کھوٚت ناگہٕ أندرے تأے ہا
سوٗرٕیہ کھوٚت ناگہٕ أندرے تأے ہا
(ناگ زنتہٕ جولہِ منز اژان)

داستان گو: أندی أندی پھیوٗرٕے تتھ۔ ناگہٕ رادس
ژاوتتھ جولہِ اندرے تأے ہا
(سداارام نیٚندرِ ووتھان)

داستان گو: بیدار گوٗھی تھےٚ اتھ بُتھ چھولنۍ

چھوٗلنے اَمہِ نا گہٖ أندرے تأے ہا

جوٗلیاہ وُچھنے گو بہِ کھوتہٖ گوبےٖ

سوے اَس وزن دارے تأے ہا

(ناگہٖ راد بلیمٹز کورس ودتھان تہٖ بیٖہٖ بنان کورس سدارام

جوٗلی ٹلان تہٖ خوش گوھان)

کورس : سوے اَسے وَزن دارے تأے ہا۔

سدارام : واہ واہ۔ بٹہٖ کیٗتھ بنیو کھمن۔ اکہِ ٹوپہِ بچھس۔

داستان گو : خوش باش سدارام گرٖ گن دراوے۔

کورس : زٕ ٹھی زٕ ٹھی قدم تژاوانے تأے ہا۔

(کورس بنان دیوار۔ سدارام گرس نکھ واتان تھکوان)

سدارام : ولے راز بأیأے وَستے بون

مے چھُ اونمت ژیہے کیٗت کھمن۔

لوتے ڈُوتے ڈھوکر گُٹھس تتھی منز تھاون ژے

(تیز لے) کھٹِتھ بأے تھأوِ زبن یہٖ کڈ کھ نوٗن

مےٗ ہاے چھے اونمت ژیہے کیٗتھ کمن

(چھوٗر چھے نیران توشان توشان تہٖ جوٗلی رٹان۔

سدارام دورژلان، چھِور اندر اژان تہٕ نیران اوٕر کھونہٕ منٛز پلون وولتھ گرتھ شُر (Doll) ہتھ۔)

سدارام : أتھی دارِ بچھنےٚ...... میانہٕ أچھی مہٕ وُچھنےٚ۔

چھِور : (خوش گژھتھ) ہا سدارامو ہتمو یؤ ری۔

سدارام : ژٕ ے ہٕٹٕی بچھنےٚ میانہٕ أچھی مہٕ وُچھنےٚ۔

چھِور : ہا سدارامو گاش ہوآو۔ گاش ہوآو اَسہٕ راش ہوآو۔

سدارام : بچھنےٚ ژٕڈٕ نےٚ ژٕ ے بٹٕی۔ جان گو وونی چانہٕ أچھی وٕٹٕی۔

چھِور : وُچھ سدارامو گژھکھو خوش؟

سدارام : بچھنےٚ ناگہٕ زاتھ اَدٕ گژھ خوش۔

چھِور : سَتنٕے لبنٕے گاش ہوآم۔

سدارام : چھِورا بٹٕی ناگ چھُنہٕ خام۔ (خاموش بیہان) أتھی دارِ بچھنےٚ میانہٕ أچھی مہٕ وچھنےٚ۔

(چھِورا ہٕٹٕی منٛز سٹیچس کھونہٕ منٛز شُر ہتھ بیہان۔ خوش۔ کورس داستان گوس ہتی رلان)

داستان گو : سدارام تورَ ے ڈالی ہتھ آو۔

کورس : سدارمس جولہِ منٛز گو برا دژاو۔

چھِور : ہلہِ نِے بانن واشاہ دژاو

انہِ نِے اُچھنِے گاشاہ آو

(سدارام حأران بٹنہِ گُن یِوان)

سدارام : مےٗ دوٗپ جولہِ منٗز سورفا دژاو۔ چھِورا بٹنے بُچھنےٗ آو

چھِور : ژےٗ چھےٗ بزم چھنہِ آدم کھاو۔ یہِ ہا میٗون شاہزادٕ وُنی

وُنی زاو۔

(سدارام خوش۔ ژژنگہِ ٹلان۔ بٹنہِ گُن پکان)

سدارام : تلے پوٗز وتم شُر اَسہِ زاو!

چھِور : ہا سدارامو کیاہ کروس ناو؟

سدارام : اُمِس ہأے شوٗبِی نأ گِر راے ناو!

دوشوے : (خوش گژھان) نأ گِر راے زاو اَسہِ نأ گِر راے زاو،

نأ گِر راے زاو۔

داستان گو : کوٗ رُکھ شأدی یانے لوٗگ چلے جاو۔

(کورس یِوان تہٕ دوشوٕنی منٗزس رٹان)

کورس : گوٗ برس پننِس کوٗ رُکھ پأراو۔

داستان گو : بوچھِ گیہِ مُشتھے لول ووتلیاو۔

کورس : لوّگ چلے جاو...... لوّگ چلے جاو......

(کورس نژان گوُن تیزان تۃ لایٹ ژھوان)





(داستان گو آسان سٹیجس پتھ بہتھ۔ پتۃ ووتھان تھوٗد تۃ گوھان ژھن کُن سٹیجس۔ کورس چھُ سدارامنۃ گرُک دوس دیوار بنان۔)

داستان گو : گوٗ برا گوٚ بڈان تس سدارامس سُے ہا گو پوٗر جوانے تاے ہا۔

(ناگ راے نیران بڑوٚنہہ کُن ڈالۃ دِوان)

وِیدیا پڑ اُوِتھ آو گرِ واپس

مول موج چھِنا کریشانےَ تاُے ہا

(سدارام تۃ چھِوٗرتس آین تۃ گراین وُچھان تۃ خوش گوھان)

آین تۃ گراین روُدِس وُچھانےَ

مول موج چھِنا توشانے تٲے ہا
شکلہِ اوس سوندر عقلہِ اوس گوندر
یاوِنہِ ژھٹہِ مارنٲے تٲے ہا
(کورس یِوان یون سٹیجس تہٕ پتہٕ روزان داستان گوس
پتہٕ کنہِ)

نٲگراے: بہٕ ٹاٹھِ ووٗنی چھُس بہٕ جوان۔ پھیرِ تھوٕر۔ اَما پوٚز بہٕ وُچھہا تیٚتھ کانٛہہ ناگ ییٚتہِ سبزاراہ پوشہٕ باغاہ تہِ آسہِ ہے پانٛ جویاہ اَسہِ ہے۔ مےٚ چھُنا لوکچاہ پانہٕ پیٹھے پانٛس ستی لوے کھوے۔

چھوٕر: نہٕ نہٕ لوکچار مُشراو۔ پانٛس تہٕ ناگس ستی مہٕ تھاولوے کھوے۔ کُنہِ اَچھی چھِہم گاش!

سدارام: ییٚتہِ چھُ تیٚتھ اکھ سبٹھاہ خوش یُون باغاہ۔ تتھی منٛز چھُ دِلکش ناگاہ...... مگر تورواتُن چھُ بڈٕ مُشکِل۔

نٲگراے: کیٚازِ؟

سدارام: ہتا چارِ سہ چھُ ہیمالہِ ہُند باغ۔

نٲگراے: کس ہیمالہِ ہُند؟

سدارام : سأنس بُلہٕ پوٗرِکس راز بلاویرٕنی مہاسوٗندر کوٗر چھےٚ ہیمال۔ باغ چھُ تٔمی سُندے۔ تتہٕ چھےٚ شیتھ گزتھٕ قلاے أنٛدی أنٛدی۔ توٗرواتن چھُ مُشکل!!

ناگِراے: قَلاے أسٕتن یا بلاے پاٛٹھ دَوچھبس نا؟

سدارام : آ۔ چھُس یپاٛری ناگُک پوٗنی چھُ نیران۔

ناگِراے: بس مےٚ ہاۄِ توٗسے۔ بہٕ اَژٕ باغس تپاٛری پان ژُمراۄِتھ۔ کنہٕ زٕ کنہِ اَنس واَلتھ تہٕ اژٕ۔

چھِوٕر : نہَ نہَ لُجہِ سَیہ بَلایہِ۔ ژےٚ کیٛاہ چھےٚ تتہِ کرُن۔ ئلی مارنے بلاویرٕنی رأچھدر۔

سدارام : ژٕ تہٕ اکھ پوٗرٕ جوان کپاٛری ہبلکھ پاٛٹھ دوٚکنی أژِتھ؟

ناگِراے: مےٚ تگہِ کینٛہہ سبیل کرٕنی۔ پکو ہاۄِو مےٚ وَتھ؟ شرانا دیٛانا کرِتھ یمہٕ واپس۔ (چھِوٕر اژان اندر)

سدارام : اَدِ ڈٕلہٕ بہٕ ہاوَے وَتھ۔ پکھ!

(ساَرِسے رنٛگس چکر دِوان۔)

سدارام: ہُہ کیٛاہ چھےٚ قلاے۔ ہُہ گوپاں دو۔ نیرابہٕ! (نیران)

(لایٹ پھوان سٹیجس ہیٚرِمس کھوورِس اندس ییٚتہِ ہیمال

تۂ تسۂز دوۂ موج چھِ تۂ تمِن مُقابلۂ ناگُراے پوش
ژۂٹنکی تۂ پھُلےَ چھاوۂنچ اَداکاری کران۔)

داستان گو: ہیمال دارِ کنۂ نظر دِنۂ دژاییے
دوۂ موج ستۂ ہتھ آیے تاَے ہاے

ہیمال: باغس ناگس مَنز گُس نفرا
یاونۂ ژھوہ مارانے تاَے ہاے

(دوۂ موج نظر دِوان تۂ یِوان واپس خاموش بیہان)

ہیمال: تھوڈ ژے ووتھ تےَ ہا دوۂ موجی
باغس ژوٗر گُیے ژاوے تاَے ہاے
وارۂ پاٹھۍ وۂچھ تنۍ ہا شنۍ یا شوٗرِیے
باغ ہے کوٗرُن مِسمارَے تاَے ہا

(ناگُراے نچُن کران بیہان زنتۂ پوٗزایہِ)

ہیمال: پرٛوزن ترٛاوان کھسۂ وُن ہرِی یا
شوٗبان یاو انہارَے تاَے ہا
پتۂ پتۂ گژھ تسے ہتےَ دوۂ موجی
وُچھ تنۍَ گرٛ کہُنڈ ژاوَے تاَے ہا

(دوڈ ماج گوھان تہ ناگ رالیس دھیان مدرایہِ منز

دچھان)

دوڈ موج: ہُتے آکھو مارا ئرِ تھے، ییتہِ چھکھا پوزا پرانے تأے

ہاے

ناگ راے: وَتے آیوس وتے چھُم گرشھُن

ییتہِ ہے اُنجرمے راتھے تأے ہاے

دوڈ موج: یاوَن رایو ناو کیاہ باچھیو

گرِ کہنڈِ چھُکھ زامتے تأے ہاے

ناگ راے: ناگ راے ناو چھُم ییہِ تھدِ زاژ ہُنڈ

گوبراہ سدا رامنے تأے ہاے

دوڈ موج: ہیمال مارتھن ہیوٗ ناگ رایو

بے قزاہ چھُ گرشھان مارے تأے ہاے

ناگ راے: لیس ہاے میون لول آسہِ سُے مے ژھارے

نے قزاہ کیاز گرشھِ مارے تأے ہاے

(دوڈ موج یوان ہیمالہِ نِش تہ کران تس باوتھ۔ تم

دوشوے پتہ یون گن یوان)

دوڑ موج : ژھانڈِ تھ آیَس ہتے ہیمأل
وُچھ مےٚ سدارامنہٕ گرے تأے ہاے
کامہ دِیو پانہٕ زن شامأے سوٗندر
نأ گرائے ناو آسانےٚ تأے ہاے

(دوڑ موج چھِ بڑوٗنہہ سٹیجس پیٹھ نژان تہٕ گیوان)

دوڑ موج : نأ گرائے کوتاہ جان۔ وٕنڈ سے پُٹینے پان۔ راز کُمار کنیاہ شوبان۔ سدارامن گوٚ براہ جان۔

ہیمال : تھوٚ...... تھوٚ...... خبر کُس چھُتھن وُچھمُت۔ سُہ کُس راز کُمار چھُ؟

دوڑ موج : پوٚز ہے وٕنمےٚ ہیمأل۔ تس یاون رالیس چھُ بُتھس پیٹھ جلال۔

ہیمال : بیٚیہ؟

دوڑ موج : سُہ چھُ گاٹُل تہٕ گاش دار۔ نادوار باسان۔

ہیمال : بیٚیہ؟

دوڑ موج : سدارامُن پوٚتھر آسِتھ راجکمار ہیٚوُ باسان۔

ہیمال : اُنہہِ بوٗزم...... بیٚیہ؟

دوٗد موج : ژٕ کیٛہِ ما کھوٚتُے ٹارِ...... وَن رازس وَناہ؟

ہیمال : کیاہ...... ہی...... ہی...... ہی......

(تِم دوشوٕے ہیٚنہِ پَتہٕ جایہِ واتان)

ہیمال : اَستے اَستے گژھتے دوٗدِ موجی مآلِس وَن کرِ چارآے تآے ہا

(لایٹ پیوان داستان گوٚہس پیٹھ)

داستان گو : ہیمالہِ دوٗدِ موج سوٗز بلاویرس
خاندرُک بنہِ نا چارے تآے ہاے

(ہیٚنہِ طرفہٕ اژان رازِ بلاویر دون اتھن مَنٛز ژِ تلوارِ ہیتھ۔ تس چھُ اکھ وُزیر ستی۔ رازِ چھُ گژھہِ گنڈان تہٕ پتہٕ چھ دوٗدِ موج اندر اژان)

دوٗدِ موج : ہے رازن ہنٛدِ رازِ۔ بلاویر رازِ۔

بلاویر : وَن دوٗدِ موج...... میٲنٛ ٹاٹھ کوٗر ہیمال چھا سوکھہ سان؟

دوٗدِ موج : رازن توہہِ پزِ ووٚنۍ تہنٛد خاندرُک سنٛز کرُن۔

بلاویر : کیاہ...... خاندرُک سنٛز کرُن۔ دُنہِ کتھ وآنسہِ چھےٚ سو۔

دودِ موج : تمہِ چھُ اکھ سونْدر یاوِن رائے وُچھمُت تہٕ سُے چھُس ٹارِ کھوٚتمُت۔

بلاوِیر : تہٕ کیاہ چھُس بوزان؟ تمیٚ کُس تہٕ کتہِ وُچھ سُہ یاون رائے؟

دودِ موج : سُہ اوس تسٕندِس باغس منٛز ژھوہ ماران۔ پھُلے چھاوان۔

بلاوِیر : تأجُب چھُ۔ سُہ کتہٕ کنٛز ووت تتھ باغس منٛز۔ کُس چھُ؟ کمہِ دیشُک راژ کُمار چھُ؟ بلہٕ وِیر چھا؟ گاٹُل چھا؟ کنہٕ چھُ کانٛہہ ژوٗرا ژزٕ آلیا؟

دودِ موج : نَہ نَہ رازن۔ سُہ چھُ شکلہِ سونْدر تہٕ عقلہِ گونْدر۔

بلاوِیر : کمہِ زاژ ہُند چھُ؟ قبیلہِ کژوٗن کیاہ چھُس؟

دودِ موج : رازن۔ وو پر ژو پر چھنہٕ کانٛہہ۔ تیمی بلہٕ پوٗرِیگ چھُ۔

بلاوِیر : اَچھا......؟

دودِ موج : سُہ چھُ نأگ رائے!

بلاوِیر : (حأران) نأگ رائے!!

دودِ موج : سدارامُن گاٹُل تہٕ گاشدار کُنے پوتھر۔

بلاوِیر : ہا......ہا......ہا...... کتہِ ہیمال۔ راژ گرُج کوٗر تہٕ کتہِ

سدارام آلرٕٹھی بڑہمن سُند نیچو۔ اتھ چھُنہٕ ہشر۔

دوٗدِ موج : رازن ییِتہٕ دِل میلن تیتہٕ کتہٕ چھُ لوٗڑ رتہٕ تھزر۔

بلاوِیر : وٗزیر۔ توہہٕ بوٗزِو دوٗدِ ماجہٕ کیاہ وون؟

وٗزیر : رازن۔ جان گوٗ توٚہۍ پزٕ ڑھو ہیمالہٕ پانےٚ۔

بلاوِیر : کیاہَ؟

وٗزیر : سو چھا پزۍ ناگُرائس یژھان؟ رازٕ گرٕ تژٕ اَوِتھ کژیاہ اُکِس دربدرٕ گرِس منٛز زِندگی بسر۔

دوٗدِ موج : رازن۔ ہیمال چھےٚ دوٚہَس تہٕ راتس ناگُراینٛز سوپُن وُچھان۔ تسنٛز تصویر بناوان روزان تہٕ تس ہِندی گون گیوان آسان۔

بلاوِیر : گوٚو معاملہٕ چھُ اور پیٹھ ووتمُت!! تیلہٕ کیاہ پزٕ اَسہ، کرُن؟

وٗزیر : یوٚ دوَے ہیمالِ ہنٛز خوشی چھےٚ سو چھےٚ یژھان تیلہٕ گوٚو نندرام مسخرس سوزٕنی شیٚچھ۔ سہٕ سوزُن سدارامس نِش رِشتہٕ کرناونہٕ موکھ۔

بلاوِیر : سوٗزِیوٚس تیلہٕ شیٚچھ۔

**(لایٹ ژھوان تہٕ پِوان داستان گو تہٕ کورس سٹیجس پٔٹھ)**

داستان گو: وَتھ یُس ہاوے کارٔ أنزراوے

بیٚیہِ اَنہِ کار انجامٕ تأے ہاے

مٔنزِم یور مسترٕ اونگھ گرِ ژھأرِتھ

کارس واتہِ ژُکہِ سأنے تأے ہاے

**(نندرام مسترٕ اژان۔ تس چھُ مچِل۔ ہوٚل گول ڈنڈٕ أتھس منٛز)**

نندرام: ژھانڈو کتھ پٹھ۔ راژٕ گرس منٛز چھا سال۔ نانا پڑ کأری سبزی ترکأری تہٕ شکار ماز بتہٕ ٹوک کھون واہ واہ مسالہٕ مُشک واہ کیٛاہ مُشک۔ بأدیانہٕ لیڈر، زیٖور، آلہٕ دانہٕ، روٗنگ تہٕ بادام گوجہِ واہ! واہ! بوچھِ ہیٛژن تیزنی۔ دپھ سا پانا از چھُ پانہٕ بلاویٖرن ناد دیُتمت۔ راژٕ گرُک ان کھیٚتھ چھےٚ کوسہٕ نندٕر کھسان۔ واہ پکھ سا پانہٕ جل جل وات راژٕ گرٕ تہٕ کرتہٕ راژس ستیٚ یوٗزناہ

**(زیٖوِ کڈان ٹاس سٕہ چھُ دربارس اژان۔ لایٹ پیوان**

راژس۔ وزیرس پیٹھ دوٚد ماج آسان وزاہو۔)

مسخرٕ: نٕنٛدٕ مسخرٕس کتھ پیٹھ آلو؟ راژن چھا نیرُن شِکارس کِنہٕ گژھُن چھُ یاتراے۔

بلاویر: ہاہا۔ نہَ شِکارس گژھُن نہَ یاترایَن۔ ئلی کہِ مسلہٕ چھُ گمبیر۔

مسخرٕ: کتھ پیٹھ چھُہٕ مےٚ ٹاٹہٕ کران۔ گمبیر مسلن تہٕ مےٚ کوسہٕ کام۔ بوزُن ہےَ چھُ کانٛہہ چاڑھاہ نتہٕ لُکہٕ کتھاہ اَسہٕ وِنی ایٚس ہِنی۔ وُنی کرٕ بیان۔

بلاویر: نہَ۔ نہَ۔

مسخرٕ: تیٚلہِ؟

بلاویر: سانہِ راژٕ کُمارِ ہیمالہِ چھُ سدارامُن نیچُو ناگراے ٹارِ کھوٚتمُت۔ تسی سٕتی یژھان خاندر کرِتھ زِندٕگی بسر کرٕنی۔ ژٕ گوٚژھ سدارامُن گرٕ پرٛژھُن تٕس چھا رِشتہٕ منظوٗر۔

مسخرٕ: گژھُن سدارامُن گرٕ۔ ناگراے تہٕ ہیمالہِ ہُنٛد رِشتہٕ۔ تٕس چھا منظوٗر!

good

بلاوپر : دَپُس رازَن موٚنگنےٚ سَر پوٗش۔ تژامہِ کیُتھ۔تس ترِ فِکرِ پانے۔

مسخرٕ : یہِ کوسہٕ کتھ چھےٚ۔ یورٕ دژاس تہٕ اورٕ آس۔

**(لایٹ ژھوان۔ دربارٕ نیبر مسخرٕ ونان)**

مسخرٕ : سداراُمس گو بخت بیدار تأے۔ دربدر ناو ژلبس تہٕ اَژِ راز ورگس اورٕ ییہِ بیدل تہٕ یورٕ نیرِ ترُ بچہِ ترُ بچہِ کران۔

**(سُہ اَژان سداراُمن گرٕ)**

مسخرٕ : نمسکار بوز تو ہا سداراُمو بخت
ہا گوے بیدارے تأے ہا
دوتھ کر سکھر اپزاران راز چھے
پنہٕ نےٚ سے دربارے تأے ہا

**(سدارام بوزان تہٕ ونان بٹنہِ)**

سدارام : بٹنےٚ اَنتے باہ کھرٕ ی قلما
ییہِ اَنی میل قلم دانے تأے ہاے
باقیاتس منگ ہے اَنجی مأے بوزِ بٹنے چھورا بٹنے

چھورٕ : کتھ پیٹھ چھکھ از وولسنہٕ آمُت باکھرٕ ی قلماہ منگنے آمُت

فاقہٕ ہتہٕ مدنو کوٚت چھُے نیرُن۔ کیٚنٛہہ چھُے پڑاوُن رِکنہٕ دوہ راہٕ راوُن؟

نٔندرام : ہا کتھ بوزتہٕ سأپوٚر پاٹھی۔ رازن ووٚنہٕ نم ژیئے یہِ وُنُن زِ تِمن چھےٚ تژامہِ ہَن تہٕ توہہِ چھُ سرپوش۔ سُہ سرپوش گوٚژھ تِمن۔

سدارام : واہ...... سرپوش!

مسحرٕ : خبر توٚر یہِ فِکرِ؟

سدارام : سرپوش...... سرپوش بٹنے اَسہِ کتی سرپوش۔ راژٕ منگان سرپوش۔

چھِہوٚر : ہَتا تمیُک مانے گوٚ سُہ دِیِی نیتھٕر۔

سدارام : نیتھٕر ...... نیتھٕر ...... واہ واہ نیتھٕر!!

سدارامس بنہِ بیا کھےٚ نیتھٕر

دنٛدِ کھوکھرِس بیا کھا نیتھٕر

بُڈکچلس بنہِ بیا کھا نیتھٕر

نیتھٕر نیتھٕر واہ واہ نیتھٕر

نٔندرام : سدارامأژ تہٕ دوٚدرِیوٚمُت تہٕ زوزرِیوٚمُت۔ راژٕ دِیا

ژیئے نیتھر؟

سدارام : اڈ کیاہ ؟ آسبس کانہہ دایا۔ ژوُنزاہ نکھ وائنز تہٕ دِلیس مے اڈ کایرٕس بینہٕ کیاہ۔

نٔدرام : ہانا تس چھے کوٗر ہیمال۔ راز کُماری۔ تس کرِ چانٔس ناگرائس ستیٚ خاندر۔ خبر کیاہ دوٗپے۔ کر تیاری خاندرٕچ۔ بہٕ وَنے رازس سدارام چھُ رضا مند......!

ہا۔ ہا۔ ہا۔ (......نیران......)

سدارام : بۄزتھے بٹنے۔ ہیمال بنہٕ سانٔی نوش۔ گرٕ ہ تہٕ خوش۔ ژٕ کیاز گیکھ روٗزِتھ۔ لاگناوی وَنہٕ وُن۔ بہٕ ہے انے مصالہٕ، تومُل۔ لاگناوی رنہٕ پہوے۔ انکھی نکھ تلہٕ چھِ ہمسایہِ باےٕ۔ لاگی ونہٕ وُن۔

(سُہ چھُ کپرٕ ژادر تُلان تہٕ نیران)

(چھوٗرچھے بینہٕ کیتھہ بٹنہٕ ہتھ ونہٕ وُن کران)

(کورس ونہٕ وُن گوونس ساتھ دِوان)

مانزِ راژ چانے آیہٕ وَنہٕ وُنیے — مانزِ راژ چانے مُبارک

اژہ رژہ آیے پانہٕ آسمانے — ہیمالہٕ مانز چھی لاگانے

بلاوپر راژنی کوری ڈبکہ بجیے تلے ون مائز رکشھ اُجی یے لو

(لایٹ ہوان بژڈشہ سٹیجس تہ ہمال چھے نژان تہ گوان)

خور چھے ماران دورن گراے مایے وُجنس ہیے مال

نا گراے آمے ژھایے مایے وُجنس ہیے مال

سدارام پنڈتن کنز اُچھی گاشے واشے لوگم نا گراے

لؤبہ وُن شوبہ وُن سے نا گراے مایے وُجنس ہیے مال

(ہمال نیران تہ کورس ہوان ونہ وُن کران)

ونہ وُن:

سورگچہ دِگنے پوش ہتھ آیے ہمالہِ کرنے پوشہِ پوزا

ونکی تہ ریشی پوش ہتھ آیے ہمالہِ کرنے پوشہِ پوزا

دیوی دیوتا پوش ہتھ آیے ہمالہِ کرنے پوشہِ پوزا

(ووِنی ہمال مہارینز تہ نا گراے مہاراژ ہتھ نیران تس پتہ بلاوپر راژ، نندرام مسخر، سدارام بیتر۔ نیران تہ تِمن پتہ پتہ کورس گوان)

داستان گوتہ کورس:

ڈولے پتہٕ پتہٕ ویدچھی پرانہٕ ہی گیہِ روانہٕ وٲرِ وُگن
رازٕ تہٕ رازٕ باے آہی کرانہٕ ہی گیہِ روانہٕ وٲرِ وُگن
ینٛدٕ رازٕنی پاٹھی روزی شاہانہٕ ہی گیہِ روانہٕ وٲرِ وُگن
دِلاسہٕ دیُتنَے مالٕکی ماجہِ پانہٕ ہی گیہِ روانہٕ وٲرِ وُگن

(بزوٕنہہ بزوٕنہہ سدارام تس پتہٕ ہیمال ماہرٛینی، نٲگراے ماہرازٕ تہٕ بلاویر رازٕ تہِ سدارامس روخصت منٛگان پتہِ کورس تہٕ سارنے پتہٕ نیران مسحرٕ۔ دوٕیمہٕ انٛدٕ اژان ئرفنہِ)

داستان گو تہٕ کورس:

تل پاتالچہِ ئرکٕ فنہِ آیے ژھاہٕ نہِ پنہٕ نِس نٲگرایَس
وَتہِ وَتہِ پھیران گامہٕ گامہٕ آیے ژھاہٕ نہِ پنہٕ نِس نٲگرایَس
ناگن تہٕ باغن وٕنی دِنہِ آیے ژھاہٕ نہِ پنہٕ نِس نٲگرایَس

(ئرپٕعن ہُند نوٗن موکلِتھ تم نیران تہٕ نٲگراے اَژان ہیمال ہتھ)

نٲگراے: ہَتے ہی مالِکی! گرٕ کرٕن گوشیشترو کرٕ ژاپُن۔ سوٗن میُل چھُ واریاہن کیُتھ اُچھِ گُٹرِ۔ مے چھی واراہ شُتھر۔

کأنسہٕ دِزِنہٕ یور یِنہٕ۔ کأنسہٕ ہنٛزِ کتھِ دِزِنہٕ دھیان!!

ہیمال : ژٕ کیاہ وَنان۔ بہٕ کیاہ نادان چھسٕ سأ۔

نٲگرٲے : سائنس لوکس گۆژھنہٕ کانٛہہ مخولہٕ کرُن!

ہیمال : کیاز؟

نٲگرٲے : حسد، ضِد، اَزرُون، اَمہٕ کِنہٕ چھُ شرٕ یِوان ووتلتھ۔ اَوے ووٗنمےٚ یِنہٕ مایور۔ ورٕ گلاونہٕ۔ تمہٕ ما کڈنے کل۔

ہیمال : بہٕ کیاہ ہێچھناوِن چھسٕ سہٕ۔ شُر چھسا! نیرایشورس حوالہٕ۔

نٲگرٲے : اِدٕ کیاہ بہٕ دزاسے! (نیران)

پُشنٕی : (کربکھ دِوان) پوش ہا چھِوو۔ پوش ہا چھِہ ہو۔

داستان گو : یورِ دزاو نٲگرٲے ہورٕ گۆو آلو

پُشنٕی آیہ پوشہٕ ڈٲلی کِنٛنے لو

Beautiful

پُشنٕی : (گیوان)

سورگا پۆری پوش ہے اَنٛی مےٚ    اَنٛی مےٚ چانے ہاوسےٚ

ہرِی یہٕ گاشس تل ژٲرتھ اَنٛی مےٚ    اَنٛی مےٚ چانے ہاوسےٚ

نبہٕ کی تارکھ زوتان اَنٛی مےٚ    اَنٛی مےٚ چانے ہاوسےٚ

بَٹھو تہٕ بیرو ژھانٛڈِتھ أنۍ مےٚ أنۍ مےٚ چانے ہاوسے

پوش ہےَ أنۍ مےٚ ہاوسے أنۍ مےٚ چانے ہاوسے

پوش ہے چھِو، پمپوش ہے چھِو، گراکہٕ بایو ہیٚو ما

ہیمال : (آلو دِوان) کیاہ بی چھُے۔

پُشنۍ : پوش، ئیرِ پوش، اَچھِ پوش، مالہٕ گرِی وی گژاکہٕ بایو۔

ہیمال : وَلہٕ یوٚرۍ۔

پُشنۍ : وُچھ کم رنٛگا رنٛگ پوش ہیتھ چھُسے آمٕژ۔ رٹھ کر پسند۔ ٹُل کر تہٕ مالہٕ تہٕ ہیرِ بون جرتہٕ پنٕہٕ نِس حسین بدنس واہ! کانٛژاہ سوندر چھکھا زن چھکبھ وَیَن پانہٕ پنُنم ہُنٛد ژُندرم گرہٕژ! دوٚپہےٚ خاندر چھُ یہِ کوٚرمُت؟

ہیمال : آ۔ دِم پوش۔

پُشنۍ : اَما کس ہتۍ؟

ہیمال : تس وَنان نأگراے۔

پُشنۍ : (ووٚتھ کڈان) کُس نأگراے۔ سُہ کتہِ گوٚو یِیتہٕ نأگراے؟

ہیمال : کیاہ زِمیوٚن سرتاج نأگراے!

پُشنی : کر ژھوپہٕ۔ خبر کٲژ چھکھ بزمرأ وہٕژ۔ نأگ رائے چھُ گُنہٕ۔ ناگن ہُند راز۔ ژٕ تہٕ رازٕ کُمأری تہٕ سُہ؟

ہیمال : نہٕ تس تہٕ وَنان نأگ رائے۔

پُشنی : یہٕ آسی تیٖلہٕ نأگ واتُل!

ہیمال : کر ژھوپہٕ یژھ کتھ مہٕ کر۔

پُشنی : وَہٕ۔ وَہٕ۔ میٖے کیٛاہ سَنا وَنِن تیٖمِس۔ دٕوپےٚ تہٕنز زاتھ چھےٚ یہٕ کھرٕ گٔرٕہٕژ؟

ہیمال : مےٚ کیٛاہ کرٕ تہٕنز زاتھ۔ لولس چھا کٲنٛہہ کڈان!

پُشنی : نے تہٕ پۆزے وٕنِمےٚ۔ کمہٕ زأژ چھُ؟

ہیمال : میٖون سرتاج۔ سدارامُن گُنہ پۆتُر۔ رٕوچھمُت تہٕ کونچھمُت!

پُشنی : آسہٕ ما! تیٖلہٕ کرکھ نا کأماہ!

ہیمال : کیٛاہ سَنا؟

پُشنی : (پوشہٕ گۆنڈ پلہٕ ناوان) یہٕ چھےٚ پوشہٕ گۆنڈی ہَن یۆدوَے سُہ اتھ مُشک ہیٛیہٕ تیٖلہٕ چھُ پزی نأگ رائے یۆدوَے ہیٛیہٕ نہٕ تیٖلہٕ چھُ سُہ نأگ واتُل۔ یۆزتھے زاتھ

ہے گُرزبس کھرٕ نتہٕ للکھ لؤکہٕ پامن۔

ہیمال: أسہِ کوٚر پانہٕ وآنٛ لولہٕ نیتھرٕ۔ اسہِ کیٛاہ کرِ ووٚنۍ زاتھ!

پُشنٛ: ژیےٚ پرٕ ژٕھنے نہٕ مگر پگاہ پرٕژھن چاٗنس شُرِس۔ اِدٕ بی

بہٕ نیرَ ے مےٚ چھُ وُنہٕ وارِیہن گرن پھیرُن۔ پوٚش

ہے چھِوٚو۔ (نیران)

ہیمال: اَما مےٚ چھُنہٕ ازتام أمِس پُرٕژھمُت زِ لۆکھ کیٛازِ چانہٕ

زآژ شک کران!

(ناٗگراے اژان)

ناٗگراے: اوٚ ہو میاٗنۍ زُول مال کیٛازِ دِل موٚلؤل؟

ہیمال: ناٗگراے اَسہِ کوٚر خانٛدرتہٕ أسۍ سِپدۍ اکھ أکۍ ہٕندۍ۔

ژٕ میوٚن تہٕ بہٕ چاٗنۍ۔ مگر ژیےٚ ؤنتھ نہٕ مےٚ پٔنٕنۍ زاتھ از

تام۔

ناٗگراے: خانٛدرٕ پتہٕ چھےٚ اکے ذاتھ آسان۔ دون باٗژن ہُند

لول۔ ژٕ راژٕ کُمارۍ بہٕ ناٗگراے۔ ہیمال ناٗگراے

بس یِی چھےٚ ساٗنۍ زاتھ!

ہیمال: اچھا توتیہِ ہیٛہ تہٕ یتھ پوٚشہِ گوٚنڈِس مُشک!

## (ناگو راے تتھ کش کڈان)

ناگو راے: یہ کمؤ دیُت نے ژیے۔ یور کُس اوس آمُت؟

ہیمال: پُشنؠ۔ تُسی ہیتم پوش۔

ناگو راے: جاؤدؠ گرِنؠ فاس تژ اونہٕ یِوان۔ یؠ دونمے زِ کل کڈنہٕ ہے ییٚنۍ۔ یم نے چھِنہٕ ذران چون تہٕ میٚون لول۔ سون گرٕ کرُن۔ ییٚہٕ کاتھہ یوٗ دوَے ییٚہٕ تہٕ ییٚنۍ یور کھارٕہن۔ کأنسہِ ہنٛدِس وَنس گرؠ زِنہٕ پژھ۔

## (ناگو راے نیران تہٕ کزاجہِ ہنٛد آلو گوھان)

کزاجؠ: بانہٕ ہأے چھِو۔ کرالہٕ بانہٕ ہا چھِو۔ سورگا پؠوٗری بانہٕ ہا أنؠ مے چانے ہاوسے بانہٕ، کم بانہٕ، کترِ بانہٕ، رنگہٕ بانہٕ، أرؠ تہٕ ذٕرؠ بانہٕ، شوقہٕ والنوٕ بانہٕ ہیٚو۔

ہیمال: گراجی۔ بانہٕ چھیے وَلے أنی یؠوٗری۔

کزاجؠ: بانہٕ کترِ بانہٕ۔ ولہٕ کرتھ یتھ کزٕنجہِ۔ آ۔ کر پسند۔

ہیمال: دِیہِ کھوس تھال تہٕ ڈُلجی۔

کزاجؠ: رٹھ۔

ہِمال : ژٕ کیٛاہ مےٚ تھٕلہِ تھٕلہِ وُچھان؟

کرٕاَجز : کَم سوٗندر راتھ چھِی اماہ ناو کیٛاہ سَنا چھُے؟

ہِمال : مےٚ ناو ہِمال۔

کرٕاَجز : واہ کاٚژاہ سوٗندر چھُکھ زن چھینکھ ییٚنٛدٕ رازن پانٕہ تھُرہِژ۔ کوٗرمُت چھُیہِ کاٚنٛسہِ ستیٚ؟

ہِمال : آ۔ نٲگراِیس ستیٚ!

کرٕاَجز : ہاں!! کس نٲگراِیس ستیٚ۔ کمہِ ذٲژ چھُ؟

ہِمال : سدارامَن گُنٕے پوٗتُر۔ اَسہِ کوٗرمُت پانٕہ واٚنی لولہٕ نیتھر۔

کرٕاَجز : ہتےَ نٲگراے چھُ یوٗزمُت ناگَن ہُنٛد راز۔ یہِ کُس نٲگراے چھُ؟

ہِمال : وۄنےَ ناژ کن بانٕہ ژیٚےٚ کیٛاہ۔

کرٕاَجز : ہےَ۔ ژٕھل چھُنے کوٗرمُت۔ یہِ آسی نٲگی واتُل۔ نچہِ زاٚژ!!

ہِمال : ہتے کرٕاَجز ژٕ چھکھ بانٕہ کِنہٕ نہِ آمُژ کہِ نہِ فاس ترٛاونہِ۔ ژیٚےٚ کٕمی وۄنےُ یہِ کتھ کرٕنہِ۔

کرٛاُجی : اِدبی اَن پھل موٹھا یہِ نیرِ۔ دَپھ از نہٕ پگاہ پرٛژھُس پانے۔ نتہٕ یوٚ دوے میٖون مانکھ۔ یہِ چھے کھاسی ہَن۔ اتھ مَنٛز دِتس تریشہِ ہَن۔ چیٚہ تہٕ چھُ ناگ راے اگر نہٕ چیٚہ چھے ناگ واتِل۔

ہیمال : کرٛژھوپہٕ! یہِ مَہ ون۔ بہٕ چھس بلاوپر رازٕنی کوٚرِ تہٕ کراہ بہٕ واتِل کِنٛس ستی۔

کرٛاُجی : واہ مرحبا چھے! تیلہِ کرتہٕ کاماہ! دودٕ کرٛونڈ تہٕ آبہٕ کرٛونڈ منگناو تہٕ وَنُس تمو مَنٛز اَکس وٕستھ زاتھ ہاوٕنی۔ ژیے نِنی پانے تمِ سٕنٛز ذاتھ۔ اِد کیٚاہ بہٕ نیرے...... بانہٕ ہے چھوٕ...... سورگا پوٚری بانہٕ ہے چھوٕ۔ (نیران)

ہیمال : (پانس ستی) اَماپوٚز! مےٚ ماچھُ گومُت قسمتس ور۔ لولہٕ بوچھ مَنٛز ما گو شر۔ از تام پرٛژھ نہٕ مےٚ زانٕہہ ناگ رایس ذاتھ۔ یہِ ما چھُنہٕ آدم ذاژ مَنٛز تھٕرِ زاژ ہُند۔ پانہٕ! از گو کرُن اِمتحان دِس یِنہٕ!

**(اوٕر اژان ناگ راے ہیمال زن تہِ روٗشِتھ)**

ناگ راے : ہتے ہیمالی! ہتے ہیمالی! ژٕ کونہٕ اور کتھا کرن؟

## (ہیمال چھبس ترِیشہِ کھوس پلہِ ناوان)

ہیمال:

ناگراے چیتمو ترِیشہِ داما — یتھ کھاُسس منز لولہِ داما
کن مےٚ بٔری ہم لوکہِ پامو — ألی گاٗم دِلسے گٹہِ پُشمن

(ہیمال چھےٚ ناگرالیس کھوس پلہِ ناوان سُہ چھُ تتہ کش کڈان)

ناگراے: کاڈیو ڈاُجکھ کٔمُر ہیمالی
کترِ کھوس دِیُتنے کٔمُر ہیمالی
چھنہِ کانہہ ذرنے سون پوٚزلول
اوے لوٗکھ لاگان چھی پامن

ہیمال: ژیےٚ چیتھ نہِ ترِیش کتر کھاُسس منز۔ ژیےٚ ہیوٚتھ نہِ پوشہِ گٔندس مُشک۔ ناگراے! مےٚ چھُ شک بڈان۔ کل گنان۔ مےٚ ہاو زاتھ؟ از ترٚاُوتھ نہِ۔ بہِ ذرِ نہِ لگہِ پامہِ۔ مےٚ ما گوٚو وُنیُوب۔ مےٚ ما کوٚر اتُر۔ از أنی پاُٹھی وٕجی تھس لولہِ مایے۔ میٲنس شُرِس ماونن یگاہ کوزاُژ ہُند۔ ناگراے وَس یتھ دودِ گٔنڈس منز

نتہٕ یتھ آبہٕ کُنڈس منٛز۔

نآگ راے: ہیمالی! مہٕ یہِ شرارتس لایِنہٕ (کورس بنان آبہٕ کونڈ)۔
بہٕ یوٚ دوٚے یتھ کُنڈِس منٛز وسہٕ میٛون وجوٗد راوی۔
ہٕرٛی ژا پکھ۔ مگر مےٚ لبھ نہٕ۔ کیٛازِ چھکھ مژر کران۔
دِلولہٕ تہٕ مایہِ سان پننٛز زِندگی بسر کرنہٕ۔

ہیمال: ہَرگز نہٕ۔ بہٕ چھس نہٕ ہَرنبر ہٕکان نیرِتھ۔ ساری چھم
چانٛی ذاتھ پرٕژھان۔ بہٕ چھبس کٔجی گرژھان!

نآگ راے: ییٚلہِ چون منشا چھُ بہٕ وَسے یتھ آبہٕ کُنڈِس مگر پتہٕ
پھیری! ویٚہہ کھسکھ ژھل کرِتھ ژٕلے تل پاتال۔

ہیمال: مےٚ ہاو ذاتھ! بس تی چھُ میٛون منشا!!

داستان گو: دوٕدٕ کونڈ یامتھ منگہِ نوٗن۔ آبے کونڈس تمٕی کھور وولُن۔
(نآگ راے وارٕ وارٕ کونڈس منٛز اژان تہِ بیٛہان۔ کورس
تھوٚ دووتھان تہٕ نآگ راے بون بیٛہان)
تھپھ دِژ ہیمالہِ روٗٹُن ژھاۓ گی وال

ہیمال: نآگ راے مَریو بو ہیمال

ہیمال: نآگ راے۔ نآگ راے! افسوٗس! نآگ راے!!

(کورس اکہِ اکہِ گبراٹہٕ سان وٕنان)

کورس : نأ گراے، نأ گراے، نأ گراے، نأ گراے۔

ہِمال : پۆز پأٹھی گوکھ ژٕلتھ پاتال۔ آبہٕ کوٚنڈ مٔنزی گوکھ پاتال!!

(ہِمالہِ چھُ ژھأ گی وال اَتھس کٕنِتھ)

ہِمال :

ترٕ اُوتھ ژۄلُم تہٕ گو پاتال نأ گراے مریو بو ہِمال

کل کٔڈم پُشنے کرٕ اَجہِ ووٚلُم نال نأ گراے مریو بو ہِمال

(ہِمال چھِ آبہٕ کنڈس زوٚل دِوان تہٕ وبداکھ دِوان)

ہِمال :

آبے کُنڈ ہے بہٕ دِمے زولے کوٚتے گوٚ میوٚن گرٕ وولیَے

نأ گراے ژۆلمے تھونم ہولے ہِمالہِ روو گرٕ وولیَے

مےٚ پھوٚرڈ بکہٕ لون رووم لولے کوتے گومیون گرٕ وولیَے

لولس پَنہٕ نس پانہٕ دِتُھم وولے ہِمالہِ روو گرٕ وولیَے

☆☆☆



داستان گو: شٮ۪ ربتھ گیہِ آدا أستم ربتھ آو
ہیمالہِ سادا آنگن ژاو

سادٕ: الکھ نرنجن!

ہیمال: ییتہِ کیٛاہ بہٕ دِمیو خرچُے مے مال
نٲگ راے مریو بو ہیمال

سادٕ: دِی دَیہِ نأوی مے سادس موچھِ پھوٚل۔ توہہِ دِیِو دے دانس خزانہٕ۔ ہتے ہیمألی! بوزُم ژٕ چھکبھ دوژِھ دوژِھ سٕنزِ یاسمن تہٕ گوسانٕمن جوٚلی بھران۔ تلے مےٚ تہِ دِتہٕ۔

ہیمال: ہَتا سٕنزِ یاسوٕ! بہٕ کیٛاہ دِمے۔ وَلہٕ بیٚہہ وَن کاثہہ کتھاہ۔ ژےٚ ماوُچھتن کُنہِ شایہِ میٛون نٲگ راے۔

سادٕ: کوسہٕ ذان چھم تٕمِی ہنزٕ۔ بہٕ کتہِ زانن؟

ہیمال: وہٕ! وشفہٕ گوم۔ ووذ ویٚہہ کھیوم۔ غم چھُم یہِ یاوُن ما گژھم زایےتس نٲگ رایس پژاران پژاران۔

سادٕ: کٔوری گوہاے تہٕ گوٚو کوٚت؟

ہیمال : سأری وَنان تل پاتال۔

سادٔ : ہا۔ہا۔ہا۔ کُس گژھِ تل پاتال دِمہٕ موچھِ پھٕول تہٕ نیرنہٕ۔

ہیمال : کیازِ۔ ہیہِ کانٛہہ کتھا کر۔

سادٔ : اکہِ دوہہ ووٚتُس أ کِس ناگُس نش شام ڈٔلتھ أتی گیہِ مہٕ کنن آواز۔

ہیمال : کیاہ!

سادٔ : ''ژٕ دیوٚ چھُکھا دژ ہیٚتھال چھُکھاہ کھیہ یہِ بتہٕ تھال ہیمالہِ ہنٛدی نأوی۔''

ہیمال : پوٚزٕ چھُکھ وَنان۔ ضرور چھُ سُے میٚون نٲگراے۔

ہتو سادصأبو پوٚزے وَتم نتہٕ میٚہٕ تتھ شایہِ واتناوتم

کژھِ کٔنی دِمیوٚ بہٕ مژھ ہُنٛد لال نأگراے مریوٚ بوٚ ہیمال

(کورسہٕ منٛزٕ تژے بیٚہان کھوکھرٕ ہٕنتھ۔ اورٕ یِوان اکھ سُہ ڈُوان۔ پتہٕ سُہ ووتھران ووتھرن پتہٕ کھسان نأگراے بتہٕ تھال ہیتھ)

نأگراے : ژٕ دیوٚ چھُکھا دژ ہیٚتھان چھُکھا۔ یُس ژٕ چھُکھ رٹھ یہِ بتہٕ

تھال کھبے ہیمالہِ ہِندِ ناؤوی۔

(ہیمال ناگی رائیس زنگن تھپھ کران۔ ناگی رائے

آسان سرفہِ تاج دِتھ۔ سادۂ نیران)

داستان گو:

ہیمالہِ یامت پرِ زنوونے شوقے پنہٕ نے نالہٕ روٗٹنۓ

وِچھن ناگی رائیس سور فے چال

ہیمال: ناگی رائے مریو بو ہیمال

ناگی رائے: کُس چھِو تھپھ ترٛ اویلہٕ؟

ہیمال: ناگی رائے! ناگی رائے! بہٕ چھس ہیمال۔

ناگی رائے:

ہَتے ہیمالی چھکھے ژٕ نادان اول تے آخر چھُ مرنُے جان

اوسُس سہہٕ تے سپُدس شال

ہیمال: ناگی رائے مریو بو ہیمال

ہَتو ناگی رائیو بہٕ دو مریو چھُم قصور پرٛژھمۓ زاتھ کیاہ چھۓ

بوزم وائل سوے گیم گال ناگی رائے مریو بو ہیمال

ناگی رائے:

ہتے ہیماَلی یلے ژ تڑاو　　　نتے ژ کیئرژ ھانشانے ہاو

نرچ واَج تے چنڈ چی رؤمال

ہیمال :　　ناگرائے مریو بو ہیمال

شاہ بلاویرنی چھسے کُنی کؤر　　　ہاناگرایو موہیم دؤر

غم مَلالہ تڑ آوتھ دم سمبھال　　　ناگرایہ مریو بو ہیمال

(ہیمال ناگرائس واَج ہاوان تہ اکھ رومال دِوان۔

ناگرائے رومال تس ولان پتہ سنگجس پیٹھ پکہ ناوان)

داستان گو:　　کوُرن انصاف تھوُون دِل صاف ستی ہیماَلے دِیُتنے

شاپھ۔ پانس ستی ناگرائن واَجہ ہیمال۔

ہیمال :　　ناگرایہ مریو بو ہیمال

(بچہ گُڈ تارِ سورفہ نوُن کران)

داستان گو تہ کورس :

تل پاتالچہ سُرپھینہ آیے　　　وُچھنے دزایے ہیمالے

ماَژ بویہ پتھ تم بچھنے آیے　　　وُچھنے دزایے ہیمالے

ناگرائے :　　پتھ رؤزِو۔ پتھ رؤزِو۔ خبردار۔

سُرپھینہ :　　ژینے چھے ماَژ بوے پِوان۔ یہ کوسہ چھے ستی؟

ناگراے : یہِ چھےٚ میٲنۍ ہیمال۔

سُرپھیٚنہِ : اٙسۍ ترٛاوون نٔچھتھ۔

ناگراے : خبردار! یتھ روٗمالہِ پتھ چھم اٙنۍ ہژ۔ ییٚنہٕ اٙمِس کیٚنْہہ گٔرِو۔ نتہٕ ژھۅبہِ تہنٛد تہٕ میٲون رِشتہٕ۔

(ناگراے روٗمال ییٚلہٕ ترٛاوان تہٕ ہیمال تٔژ نیران)

سُرپھیٚنہِ : یۅٚدوَے ییٚتہٕ چھُس پاتالس منٛز اسہِ ستۍ روزُن تیٚلہِ چھُس سانۍ شرٛی رَچھنۍ۔

سُرپھیٚنہِ : تم چھُس دود شیٚہلاوِتھ چاوٕنۍ۔ چاونہٕ وِزِ چھُس ڈۅلس ٹھس کرُن۔

ہیمال : مےٚ چھُ یہِ شرط منظوٗر۔

سُرپھیٚنہِ : ییٚنہٕ وشفہِ کرکھ۔ اَسہِ کانْہہ ضِد کڈِکھ۔ حسد تھاوکھ۔

ہیمال : ہَرگِز نہٕ۔

داستان گو :

ہیمال دایہِ تون کرنہٕ لٔجی سرپھن تمنٕۍ بٔرتمہِ مایے لو

ہنگہِ منگہٕ ڈۅلس ٹھس گواکہِ دوہ دود چۅوگربکہِ وٗن سرپھولو

(سُرپھیٚنہِ یوان ہیمالہِ نٔچھان)

داستان گو:

ئر پھئینہِ بُچھنے دڑایہِ ہیمالے       بچہ ہے گرتھ اسہِ ضایےلو

تل پاتالچہِ ئر پھئینہِ آیے       بچھنے گیہِ ہیمالےلو

ہیمال:       واَے! واَے!

(ہیمال پِوان سرفہِ ٹوپو پتھر۔ نآگراے پِوان سُہ ڈُچھان ہیمالہِ بےؔ ہوش)

نآگراے:       افسوس! ہیمالہِ چھُ گومُت وشفہِ۔ ئر پھئینہِ چھےؔ بُچھہِ۔ یتھی بہ اوسُس کھوٗژان تی سپُد۔ یمہِ سونہِ کتہِ دِن اُمِس ییٚتہِ روزنہِ۔ یہِ پییٚہِ دروٗنی یاہ تیٚر۔

(نآگراے ہیمالہِ ہُنٛد زہر چوان تہٕ اتھ گُن تھوکہِ تتی نبر ترٛاوان)

نآگراے:

ہیمالی نآگراے چھُ ستھ ؤزناوان       اِہ کونے چشمہِ ہرٛاوان چھکھ

ہیمالی! ہیمالی! ہیمالی بالیے       کتھ کرکونے کینٛہہ باوان چھکھ

(ہیمال ہُشیار گوھان)

ہیمال:       نآگراے! ہنگہِ منگہِ گوٹھس ڈولس۔ گرکہِ وُن دوو چھو

سرفہٕ بچو تہٕ ئسر پھٖینہٕ آیہٕ تہٕ بُچھ ہَس۔

ناگ راے: مےٚ توٚر فِکرِ، ژیےٚ دِنے نہٕ ییٚتہِ دوہ کڈنہٕ۔ پکھ بہٕ کھالتھ ژٕ بیٚیہِ تورٕ ییٚتہِ مےٚ أنٕ مکھ۔

(ناگ راے رُومال ہیمالہِ کلس ولان تہٕ رنگس چکر دِوان۔ پتہٕ چھس رُومال ٹُلان تہٕ ونان)

ناگ راے: ہیمالی! بہٕ تھاوتھ ژٕ یتھ یاروَنس منٛز۔ ییٚتہِ تژاوے بہٕ الوٗند اکھ منٛزُل یتھ منٛز روٗزِتھ دِل بہلاۓی آسکھ کران۔ واس کرکھ ہُتھ پہرِ منٛز۔ ژےٚ پیٚی میٚون اِنتظار کرُن۔ بہٕ واتے گُنہِ دوہ۔ پتہٕ کرٕ ژےٚ ستہٕ بساکھ۔ لولس چھُ شرط خالِص انتظار۔ نیراہ۔ بہٕ واتے جلدٕی۔

ہیمال: نیٖر دَیس حوالہٕ۔ مگر مےٚ تژاوکھ یتھ واَناکھ وَنس منٛز گُنی ژٕنی؟

ناگ راے: بہٕ گُنبر چھُ ژالُن پَئِن دِل بہلاوان یتھ یارونس منٛز۔ بہٕ واتے واپس جلدٕ ے۔

(ناگ راے نیران۔ ونس ہیمال پھیران۔ پتہٕ زنتہٕ منٛزٕلِس منٛز پیٚتھ گیوان)

ہیمال :

حأران گرتھَس بونأگ رایے
یاوُن کوّرتھم ضایےلو

گوڑ بوٗ جتھس لولہٕ مایایے
پتہٕ کیاز ژٕ اُوتھسٕ ہایےلو

پُشنے پُژنوومیٛون پوشہِ باغاہ
کژأ جے کیٛاہ دِیتُم دایےلو

آبے کژنڈ ہے مےٚ وول نأگرایے
یاوُن کوّرتھم ضایےلو

کوٗتاہ دوٗر بر ژالہٕ نأگرا ے
بیٛوٗ ٹھک کتھ سنا شایےلو

وآنا کھ ونس منٛز بیٛمہٕ کمہِ ژٕ ایے
یاوُن کوّرتھم ضایےلو

(دوٗرِ پیٛوان اَکھ راز پلوا گتھ شِکأرۍ شکار ژھاران)

شِکأرۍ : اما بتھ وَنس منٛز کیأرۍ چھُ یہِ وِگنہِ کیٛوٗن گژھان۔ واہ واہ!! کوسہٕ سونٛدرا چھےٚ۔ ہتے سونٛدری! ژٕ کیٛاہ کران یتھ وَنس منٛز۔ ژٕ کوسہٕ چھکھ؟

ہیمال : بہٕ چھس راز بلاویرٕنی کوٗر ہیمال۔ نأگ رابے ہنٛز رأنی۔

شِکأرۍ : اَوے چھکھ گژھ ضایہِ۔ ہیمالی ژٕ شوٗبکھ یتھ میأنِس دِلہِ جگرس منٛز۔ کتھ چھکھ یہِ پننٛز جوأنی تہٕ حُسن یتھ وَنس منٛز ضایہِ کران۔ یکھ میانہِ راز منٛدورِ منٛز روز۔

ہیمال : ہر گز نہٕ کلامہٕ کرٕ اُس شیٖرِ تھ۔

شِکأرۍ : واہ واہ یہِ شرارتھ چھُ چون پرٛوٗن موکھ ووشلاوان تہٕ چانہِ سوٗرٕژ پُرحسین بناوان۔ مےٚ کریاوٗن یتھ ونس منٛز ضایہِ۔ سُہ کُس گو ناگراے؟ یِمہِ یارِ ونُک مأݪِک چھُس بہٕ۔ لہٰذا چھکھ ژٕ میأنۍ وَلہِ نالہٕ رٹتھ تہٕ ماے برے۔

ہیمال : خبردار۔ یِنہٕ برٛونٛہہ پکھکھ بہٕ دِمے شاپھ نہٕ تہٕ اَنے زاپھ۔

شِکأرۍ : ہَتے ہیمأݪۍ سُہ بلاوپر راز نیٚو کھ مأرِتھ۔ نٔوۍ رازن سمبول تخت بہٕ چھُس تٔمۍ سُندے راز کُمار۔ لہٰذا پکھ رازٕ منٛد ورِ منٛز کرواس۔ پگاہ روز کھ رأنۍ بٔنِتھ......

ہیمال : بہٕ چھس ناگراژ۔ بیٚیہِ نہٕ کانٛسہِ ہنٛز۔

شِکأرۍ : کتہِ چھےٚ سُہ؟ کمن دیشن چھُ گومت؟

ہیمال : سُہ ییہِ ضروٗر۔

شِکأرۍ : اچھا۔ تیلہِ بوزکھ نامیٚون شرط۔ بہٕ دِمے شےٚ رٛتھ موہلتھ۔ یُوٚدوے چون ناگراے آو تہٕ ژٕ چھکھ تٔمۍ

ہنز۔ نتہٕ یِمَے بونِمتھ پنٕن محل خانہٕ۔ بوٗزِتھ۔ یہٕ تھاوَے

یتھ وَنس أندی أندی پنٕنی رأچھ در یہٕ تہِ وُچھِ یورکُس

یِیہِ۔ میأنی سوندر مألی وَن وِگنی بوٗزِتھ۔

ہیمال : ہاشِکأری راز کُمار! یُتھ گُمنڈ ما کر۔ وُچھکھ میأنی میتھر

تہٕ رأچھی در......

(سوچھے ڈرکران اور اژان سہہ تہٕ ہرنہٕ)

شِکأری : (سہہ وُچھِتھ) ہامیانہِ دَیو ییتہِ ہاسہہٕ! (ژلان)

ہیمال : ہا۔ ہا۔ ہا۔ ژوٗل۔

(پتہٕ گبوان موٗیٕس گوٗھِتھ۔ ہرنہٕ ژٕلان ژھالہٕ)

آدنکہِ یارہ میانہِ ییتہٕ جانانے نٲگراے چھسے پزارانے بو

سرِ راہ تزٲوتھس بے سامانے لولہِ چھس لول چون للہٕ وانے

ونہٕ کُے کُنز راہ چھنہٕ شوٗبانے نٲگراے چھسے پزارانے بو

(سہہِ تہٕ ہرنہٕ گندان گندان نیران)

شوٗ ترَ ے ییتہِ چھی مے زاگانے بزمراوان دِلہِ نادانے

موٗکلن پاے کرچھس مند چھانے نٲگراے چھسے پزارانے بو

(بأتھ گیٖوتھ چھِ ہیمال تزاوان لر۔ دوٗرِ یوان شِکأری

راجکُمار اَتھس مَنز رتہٕ تلوار ہیتھ۔ تس ہتی چھےٚ زٕ
راچھی ور۔ اَکِس چھِ بڈٕ رتہٕ داغی تہٕ اَتھن مَنز تہٕ
دوٚیمِس راچھی ورِس دوٚن اَتھن مَنز تراٚمی ییتھ مَنز
سورفہٕ تاج دِتھ اِنسان کلہٕ ہیر چھِ۔ اتھ چھےٚ دٕج
وٕلِتھ)

شِکاٲرۍ : (خشمہٕ سان) ہتےٚ ہیماٲلۍ اچون جنگلی راچھی ورسہٕ ژیوٚ
مےٚ ماٲرِتھ! ہا۔ ہا۔ ہا! اکھتےٚ ییمو میانِہ راچھی ورو تہٕ مور
گُستام اجنبی یارونس اژُونےٚ! تلےٚ وُچھ یِہوے ماچھُ
چون ناگ راے!! وُچھ!!

(تلوارِ ہتی تراٚمہِ دٕج ژلان۔ ہیمال تشویشہٕ سان
گوھان۔ وُچھِتھ کرٕکھ دِوان)

ہیمال : ہے کیاہ گوم! یِہوے اوس میون ناگ راے! ناگن ہُنٛد
راز! ژیےٚ کیاز مورتھن یہِ؟ بے رحمہٕ! اَمی کیاہ اوس
چون روٗ ٹھمت؟

شِکاٲرۍ : اگر یہِ چون ناگ راے اوس ون یہِ کمہ ذاژ اوس؟

ہیمال: باہَن وٕرِین پرُژھمے ناگ رایو! زاژ کمیُو چھکھ؟

داستان گو: لو۔ لو تے ہائے۔

شِکاری: ہا۔ ہا۔ ہا۔ گو ژ ہتہٕ چھےَ نہٕ خبر۔ یہِ کمہِ ذاتُ ژ ژاوس؟

ہیمال: لولس تہٕ کوسہٕ ذاتھ۔ خٲلِس لول۔ V. Imp.

شِکاری: یہِ زانُن چھُ ضروٗری۔ اُخری رسوٗمات کمہِ طریقہٕ کروس؟

ہیمال: یہِ اوس سدا رأمن نچھو۔

شِکاری: تیٚلہِ گوٚو زانُن۔ کریوس ژیتا تیار۔

(نیران۔ رأچھی درتہِ نیران)

(کورس ژیتا بنان اتھس منٛز رتان تڑأمی)

ہیمال:

گھ یہ کریوتھ ژیتایے ناگرایو لگیو بلایے

مرنہٕ روٗس چھمنہٕ کانہہ چارٕ ے ناگرایوٗ جتھسو مایے

پان زالے ژیٚنے ستۍ بے وایے ناگراے لگیو بلایے

(نٔنڈرام مسحرٕ تہٕ لُکھ پئوان واتتھ۔ لوٚکن تلوار، تبر ہیتھ اتھن منٛز)

نٔنڈرام: نہَ۔ نہَ ہیمالی۔ یہ دِمے نہٕ ژیٚنے ستۍ گژھنہٕ۔ ژیٚنے

چھے زِنۂ روزن۔ یمو پرداہ کٔہو چون حق کھہو تمن ہمو واپس۔ أسی ہے جنگو۔ سأری لوٗکھ چھِ اَسہِ ستی۔ یم نأ گرایس ستی گاٹلی، گاشدار تہٕ ناودار ییتہِ ژٕلمتی أسی تم تہِ انوکھ واپس۔ نتہٕ روزِ لگہٕ رنگس پام۔

(پتہٕ سأری کردار تہٕ کورس گون تہٕ نژان)

داستان گو:

لگہٕ رنگسے پتھ أسی دیوانے کأشُر رنگ نیشہِ ناوان آے

رنگہٕ دِویَن پیٹھ پأتھر گنڈانے بانڈٕ پأتھر نیشہِ ناوان آے

☆☆☆

